# ئستی سر - ۲






ترتیب کار

رتن لال جوہر - رتن تلاشی

کشمیری بھاشا و سنسکرتی پرتشٹھان (سمیتی)
جموں

| | |
|---|---|
| ناو | ستی سر |
| وری | ۱۹۹۷ |
| شُمارٕ | ۲ |
| چھاپ خانہٕ | |
| خوشنویس | موتی لال مصروفؔ |
| مول | اکہ ہتھ روپیہ - (Rs 100/=) |
| سرورق | جوہرؔ |



کِتاب میلنُک پے :- 1- سمپرتی . ۹۵۴ شُبھاش نگر جموں ۱۸۰۰۰۵
۲- کِتاب گھر، کنال روڈ جموں

قلم کارن ہُنر رایہ پننی اِدارٕک
مُتفق آسُن چھُنہٕ ضروری

# ترتیب

# پرٛاوِش

"سمپرتی" طرفہٕ شایع سپدن وألس ییٚمہٕ کِتأبی سِلسلہٕ کِس گوڈنِکس شُمارس منٛز ییٚنہٕ یأژھی اَسہٕ عرض چھُ کوٚرمُت زِ یِتھی مین شِن سَتن وریٚین کٲشرِ پیٹھ ڈراقین أدیبن تہٕ شاعرن ہٕنٛز وِچھیمژٕ ناگری کٲشرِ تخلیقاتو منٛز ژارٕ کٔرِتھ آیہ دوٚن شُمارن اندر نستعلیق رسمہٕ خطس منٛز پھِرِتھ کٲشرِ پرنہٕ والین ہٕنٛدِ خٲطرٕ شایع کرنہٕ۔

گوڈنِکس منٛز ٲسۍ نثرٕ تہٕ دوٚیِمِس منٛز شاعری۔ شاعری چھِ زیادے پہن حساس تہٕ اُدُبُل آسان۔ کٲشرِ پیٹھ ڈرامُت شاعر کمہ آیہ چھِ عصری حالاتن سٍتی سٍتی آفاقی رٕوحجانن پیٹھ نِہن شاعری بیکرن اندر ژٲراوٕنس منٛز کامیاب سپدمُت، تہٕ ژٲراوٕ نقادن پیٹھے۔ البتہٕ گژِھ تہٕ یہِ وُنُن دیوٚٹھ زِ وادی اندر با وادی نیبر قریب سأرۍ شاعر چھِ اَکھ مُشترکہٕ دگ لۄلوان۔ سوٚ دگ یُس کٲشرِس کلچرس دداہ واتنہٕ سٍتی اگاد گیہ۔

"سٍتی سرگ" آیندِ یعنی ژٔریُم شُمارہٕ آسہٕ کُنہٕ اَکہِ سے خاص موضوعس پیٹھ۔ موضوعک اِنتخاب ییٚنہٕ سپدِ تیتھے ییٚن تتھ موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ خٲطرٕ کٲشرِن أدیبن تہٕ نقادن باضابطہ دعوت نامہ سوزنہٕ۔ رسمہٕ خطچ آسہٕ نہٕ کانہہ پابندی۔ ناگری آسِن، نستعلیق آسِن یا رومن تکیازِ یتھ یأژھی گوڈے چھِ عرض کرنہٕ آمُت زِ کٲشرِ زبأنی، ادب تہٕ ثقافتس متعلق کتابہٕ شایع کرنس تہٕ مُلکس منٛز دور اُفتادٕ کٲشرِن لۄکن تأنۍ واتناوُنس منٛز دِمو نہٕ اَسی رسمہٕ خطس ٹھوٗر بننہٕ۔ مُدا چھُ کٲشرِ

زبان باقے زبانن ہندِس دستر خانس لۍر لۆر بیہناوٕنۍ تہٕ اَتھ منز کٔشیازِ پیٹھمو رسمہٕ خط کِس دوہ لابِس منز۔ اسہِ پزِ کٲشُر پرن والین ہند تیداد ہوٚت پلہٕ تیزوٚت ہُرراونہٕ ہیچ کوشِش کرٕنۍ۔ تمہٕ خاطرٕ چھُ کٲشر اکہٕ کھوتہٕ زیادٕ رسم خطن منز لیکھُن تہٕ چھاپُن سیٹھا ضروٗری۔ ہندوستانس منز چھیٚیہ تمہٕ واریاہ زبانۍ یمو تہٕ رسمہٕ خطٕچ پابندی ماننۍ تہٕ عوٲمی مقبوٗلیتھ کٔرکھ حٲصِل۔ دوٗر کیازِ گژھو، پننۍ دۆن ہمسایہ زبانن پنجٲبۍ تہٕ ڈوگری ہیچ کتھ کرِو۔ یمو دۆشوٕی زبانو چھیٚیہ کامیٲبی سان ترٛے رسمہٕ خط پانہٕ ناوٕمتۍ۔ یا اَسۍ ہیکو اردو ہیچ نہٕ مِثال دِتھ۔ یتھی میٚو کینژو وری یوسہٕ پیٹھ چھُ اردوٗ اَدبس خصوٗصن اردو شاعری جان چلے جاوٕ لوٗگمت۔ اَمیُک بوٚڈ بارٕ وجہ چھُ زِ اردوٗ والیو ترٛاو رسمہٕ خطٕچ قاد و پابندی تہٕ اردو اَدب زیادٕ زیادٕ پرن والین تام واتناونہٕ خاطرٕ کرٕکھ ناگری رسمہٕ خطس منز کتابہٕ شایع۔ لیہٰذا یم رسمہٕ خطس واوِلا کران روزن تِم واتناوَن پننہٕ زبانۍ تہٕ اَدبس بسیار دۆدا۔

بیاکھ اہم کتھ چھِ غور طلب یہ زِ ہرگاہ اسہِ پنُن اَدب دوٗر دوٗر تام واتناوُن چھُ تیلہٕ پزِ اسہِ عالمی سطحس پٹھ تسلیم شُدہ رابطہٕ زبان انگریزِس منز یہ ترجماونک سِلسِلہٕ کرُن۔ اَتھ سِلسِلس، منز ہیکن انگریزِس پیٹھ دِس رِس تھاون واجۍ کٲشرۍ انفرادی طور یا گنہٕ مجموٗعی پلیٹ فارمہٕ ذریعہٕ اَتھ کامہٕ دِس تُلِتھ۔ اسہِ چھُ کینٛہہ تِم بہلہِ پایہٕ انگریزۍ زانن واجۍ کٲشرۍ عالم ویدیہ یِم کٲشُر لیکھُن پرُن چھِنہٕ زانان مگر کٲشرِس اَدبس مُتعلق کُنہ نتہٕ کُنہ زٕنگی سٲم گرِتھ چھِ پننہِ ماجہِ زبوٕ ہند ناو نیچھناوُن یژھان۔ تِہندِ خاطرٕ ہیکہٕ نہٕ یِمہٕ

کھوتہٕ کانٛہہ تہٕ کٲم تھٕز آسِتھ زِ تِم پٔرِن کٲشُر نمایندٕ ادب انگریزِس منٛز۔ اما پوز باسان چھُ زِ تِم چھِ کٲشُر نہٕ زانان موکھ یوٗ ہے کیا تام احساس کمتری ہیٚندِ ہوٚو شِکار۔ تِمن پزِ یہِ کتھ زٲنِنۍ تھاوٕنۍ زِ تِم تہٕ چھِ کیٛنٛہہ کٲشرۍ یِم کٲشُر نہٕ پٔرِنا چھِ زانان تہٕ نہ لیکھُن مگر کٲشُر لِسانیات، کلچر تہٕ ادبس مُتلق چھُ مُلکس اندر یا مُلکہٕ نیٚبر امریکہ، جرمنی، فرانس تہٕ اِنگلستان بیشتر شاین تیٚشر کٲم انجام دِوان یتھ پیٹھ پٔزۍ پأٹھۍ رشک چھُ یِوان۔

خأر! اسہِ چھِ پوٗرٕ پٔژھ زِ "ستی سر" گوڈنیُک کیٚشو یہِ دوٚیِم شُمارٕ پٔرِتھ سوزِن اَسہِ ٹاٹھۍ پٔرِن وألۍ وٕژھِ وألنجہٕ پننۍ تاثرات۔

اِدارٕ

اے۔ این۔ در[۱]

# لولہٕ راش

یِمَن سوٗنبرِنہٕ منٛز شامِل غزلن تہٕ نظمن ہُنٛد لہجہٕ تہٕ مانہٕ مُدعا چھُ بے شک یہِ زِ شاعِر چھُ تِمن افسوس ناکہ صوٗرتحالس پیٹھ سران سوٗنچان یُس وادی کشمیرس منٛز پٲدٕ گوٚو۔ یٕیمہ کِہ نتیجہٕ دارٕ یاہن کاشرٕ ین گرٕ ترٛاوِتھ ژلُن پیوٚ تہٕ جیٚمس منٛز "مایگرنٹ" ناو پیوٚکھ۔ بیشتر شاعِر چھِ پننِس جنت، راوِنس پیٹھ نالان تہٕ بالہ ایارِ ژھیٚنہٕ گامتین کاشرٕ ین بٲندن تہٕ باندوٕن ہِنٛز صوٚحبتہٕ اَتھی گژھنس پیٹھ افسوس کران۔ یِمن کاشرٕ ین منٛز چھِ تِم تہٕ شامِل یِم نشدٕ دُکی شِکار گژھان چھِ تِم تہٕ یِم پریشانیہٕ پٲدٕ کران چھِ۔

وادی ہِنٛدین حالاتن ہُنٛد ردِ عمل تہٕ زبنہٕ جایہٕ نِشہِ دریدر گژھنُک ردِ عمل چھُ مُختلف شاعرن منٛز اَکھ اَکِس نِشہِ رژھ کھنڈ بیوٚن۔ دون گوٚو کیٚشترن منٛز چھُ یہِ بیٚنبر سیٹھاہ عیاں۔ مگر اَکِس معاملس منٛز چھُ تقریباً سارِنے ہُشر ٹاکارٕ۔ سُہ گوٚو کاشُر لولہٕ میراث راوُنُک تیٚول چھُ سارِنے اکی انمانہٕ۔ امہِ میراثُک اظہار چھُ سارِنے لل دیدِ ہِنٛدین واکھن تہٕ نُنٛدٕ ریشہِ سٕندین شرکھن منٛز اکی ژرایہِ بوزنہٕ یوان۔ امہِ موٗجب چھِ سارِنے کل زِ کاشر شمدن گوٚژھ بحال گژھُن۔

سارِنے چھُ ملہٕ ژارُک میچھ زِنٛنس یوان تہٕ ساری چھِ سہٕ رووِمُت جنت بیٚیہِ کاںژھان۔ وادی ہِنٛدین موٗجوٗدٕ حالاتن چھِ مُختلف شاعر مُختلف زاویو

---

۱؎ پروفیسر اے۔ این۔ در سابقہ صدر شعبہ انگریزی کشمیر یونیورسٹی

کٔنی وُچھان تہٕ تمِکۍ نتیجہٕ ژٕرژان ۔ یہِ چُھ اَسہِ یہنٛدِ شاعرانہ ردِعمل وُچھتھ ننان یمِن مَنٛز نہٕ ہم احتجاج تہٕ چُھ نہٕ پامہٕ تہٕ چھیٚیہٕ ۔ مَنٛزِ چُھ شاعرامہٕ کٔنی صدین ہنٛدس ارتیٚسلس ژٕکہ پھٔشیر گژھنہٕ کٔنی اتھ ملامتھ کران ۔ مَنٛزِ چُھ "بیٚر وار" کٔر پار گژھنس پیٹھ شاعر موٗیوس گژھتھ زِنا تہٕ وَدان ' تہٕ مَنٛزِ چُھ شاعرس کٔشیر کوٚس "ناتی دوٗر دراز خیالی" تہٕ نایِکا سۭزٕ مِنا لبنہٕ یِوان ۔ مگر ردِ کرنٕچ تہٕ ملامتھ کرنٕچ تیٚشِنٛز آواز چھیٚنہٕ ژٕہے ٹھیٚنٛچھ یا ژاشر یِوان ہلٕکہ چُھ بیٚرنا وول یژھن آوازن مَنٛز بُربادی تہٕ (مُصالحت) ہنٛز ہُنی یادی خاہش وُچھان ۔ یہ خاہش چھےٚ تتھین انی پاٹھی لبنہٕ یِوان ییٚتہٕ تمن باین ' سانین اَنگن تہٕ بنٛدن ' اہی تہٕ دُعایہٕ خارٕ سوزنہٕ چُھ آمُت ۔ کُلہم پاٹھی چُھ یہِ شاعرانہ عمل کاشُر بنٛدت ژٕنٛد کرنہٕ کہ تہٕ تہٕ جاری تھوونکہ مقصد نہٕ کہِ تتھ ژھین دِنہٕ کہ کُنہِ خیالہٕ پیٚٹھان ۔

پرٛومِس پیٚشپُس چُھ زبانی ہنٛدِس تخلیقی ورتاوس پیٹھ پوٗر قوٗلیوٗ تہٕ تہٕ چھُ سائنسِ رٕلہٕ مِلہٕ تہٕ تہذیبہٕ کِس پیٚتہٕ پیٚنہٕ گژھنس پیٹھ سیٹھا پریشان ۔ اکِہ طرفہٕ چُھ تِنس دِدوٗنہٕ اَنہٕ گووٹ تہٕ کٔنٛتھ کوٚشش پریشان کران مگر بیٚیہٕ طرفہٕ چُھ زتنیا گاتہٕ لیٚیا نہٕ سوٗنتہٕ ژٕرا بدل نصیاتی حال بادان ۔ مگر آتش تہٕ پرٛاگاش چُھ پُتشپ سُنٛد مینہاے مقصود ۔ لفظن ہنٛز خوشوٗقی ملہٕ مِتش چھےٚ اَرجن دیو مجبورس برٛوٗنٛہہ کنہِ تہٕ سرخم کٔرِتھ ورتاونس مُنتظر ۔

پھٹی وتن نارہٕ گنٛڈہٕ
آسمان ناگو
ہیٚوت گرٕزن وُزملو ....
ثبتمس سوٗر گو
سوٗرہٕ گے کیٚتی انہارہٕ رنگ

مجبور چھُ حالاتن ہنٛدِس نارس اندر پنٕن پان تہٕ سورُے اوٚند پوٚک دزان وُچھتھ آہوزاری کران تہٕ ویدِ اکھ دِوان اما پوٚز آشایہ ہنٛد شیہجار چھُس انہٕ نارس گُلزار کران۔
زانٛگی گاشس اندر ۔۔۔۔

یِز یِزِ نہتھ پراوِ تھزر
ہُتھ زٕ نارس پھولِنَ گُل تہٕ گلزار نوی ۔۔۔۔

موتی لال ساقی سٕنٛز نظم گاشِ "پھولیا زانہہ" تہٕ بٕیہ غزل چھِ بیٚیِہ سیٚود وادی ہٕنٛدِن حالاتن تہٕ تمہ وستہٕ پادٕ گامتٕن مسلن ہنٛدس پسِ منظرس پیٹھ اکھ شاعرانہٕ نظر۔ شاعِر چھُ عقلیتھ تہٕ سنجیدگی واپس ینیچ منہٕ کامنا باوان۔ مگر پوٚرٕ یقین چھُس ناہٕ تہٕ سپدیا۔ صِرف "دے چھُ زانان" کِمہ چار ناچار تیبروٚنی سٕنٛز حالتھ چھِ یہ زِ "ہنٛتھ نوٚن اتھ چھوٚن دراس بہ کوٚت گژھ"۔ زبانی تہٕ جدید محاورس ہُتھ منہٕ موٚن اِستعمال ساقی کران چھُ ہُتھے چھُ کاشُر زبانی ہنٛد پرٕون تہٕ تجربہٕ کار ووہ سناد شمبھو ناتھ بھٹ حلیمؔ تہٕ کران۔ حلیمؔ چھُ خوبصورتھ شبہہ کاری منٛز وادی ہنٛدِ اکھ کھلِ تشددچ تصویر ووہ تلان ؎

ڈوٚٹھن وسرآوی اڈٕ پھلی ٹوٗری
پھولنے باغس گو اشخاص
لِنٛزو کر کنہٕ پھسرارے
اُرہ کشوٚہ تیٚز سپنس تراش

حلیمؔ چھِنہٕ ریش مول تنٛدیب تہٕ لل دیدٕ مشرِتھ ہیکان تہٕ تویے چھُس ووہ میدٕ زِ نوٚو صُبح پھولِہ۔

حلیمہ نِ سیٚدِ بیوٚد اسلوبہ مُقابلہ چھُ وا سدیو رٕہیہ سُند اظہار ورل تہٕ تہٕ دار بیٚیمہٕ کس
ژکس داتنس رژھا مُشکل تہٕ پوان چھہِ ۔ رٕہیہ چھُ کاشرِس بابس ورگہ پانٚژ شکایتھ کران۔

کُنی نام دون سوے مسول ہا کُنی نامتھ بدلے بٕتول وُودُن

کھل کھورکھ تھٕی ہلکاے پھلس تٔمہِ لوگ بازر نہٕ کیا دنہ ہکھ

مکھن لال کنول سٕنزن نظمن ہُنْد شایان تفہیم چھُ وطن بدری بیٚیمیک قوہنوردار
تُہ "پردارک سوٚنچ" مانان چھہِ ۔ امہِ سیتی چھُ نظمن منز اکھ ڈرامائی توثر پادٕ گومُت ۔

سوٚنچ پردارک

مُنگیتھ اُنی مژگنس

جولہِ منز نیٚر تھ ژیچھان

چمن لال چمن سٕنز نظم چھیہِ عموٗمن اکھ طویل شبیہ بنیاد بناوان۔ "بار دود"
چھیہِ اُکس تھٕس بہار سٕنز موٗلہ شبیہ وٕتھناوان یُس سنج دود ٹکر توٗمُت چھُ ۔ شبیہ
چھیہِ عیاں پانٚژ کٔشیر ہنْدِ اجتماعی نفسیاتچ وٕتھنے کران۔ حالانکہٕ تکن ہُنْد چھیہِ سیٚدِ بیٚود
کانہہ تہٕ ذِکر ۔ نظمہِ منز چھیہِ زبانی تہٕ جُملہ سازی ہُنز کساوتھ وُچھنی لایق ۔

کٔشیر ہٕنز وٕتھنے آسہِ یا جیٚنمس منز وطن بدرٕ کاشرین ہُنْدِ بدبختی ہٕنز
تشریح آسہِ ۔ کاشُر شاعر چھُ دوٚشوٚنی حالژن منز ہمدردانہ رویہ سیتی سمجھن یژھان زِ تس
کیاہ تہٕ کیا زِ گُدرِیو ۔ ننہٕ کیا زِ پیٚیہِ گرمہ سُحراون منز موہن لال آتشس لل دید یاد
پیوٚسہِ شبیہ چ علامتھ چھیہِ مگر گرمہ نِشہ کانہہ ظاہری نجاتھ دِتھ ہیکہ نہٕ ۔

لل بہتھ چھے دردٕ پونپن تل تہٕ وُنی زٕہس زار میانی

چھے دِوان آلو ژِٕ الیے وُنی کرس داد ہن دوا

"میزان" تہٕ چھپیہ یتھے کُنی ڈہلۍ خاب وکھتاؤتھ شاعرس سُند کُنسر تہٕ ژھینہ ووٚپراز (ایلی نیشن) ژتراوان۔ پرتھوی ناتھ سائلِن چھُ دِلک حُباب ژھٹان یتھ منز ایماندٲری کابلواسطہ کتھہ ہُند انداز تہٕ ارپن کرنُک جذبہٕ سرس چھُ۔ تس چھُ قدرن بےٚ قدری گژھنُک شوٗک۔

اَسی کرنو بیٹھ رٗودی سو تبراوان ژرھراوان داپہٕ تہٕ موٚلہٕ ناوان

گیہ پھلہٕ پھلہٕ سوے سأنی مال یہ چھُ حال ہیٚنُن یہ چھُ حال پیٚنُن

تقریبن اہی انمانہٕ چھُ رگھوناتھ کستوُر زبہٕ جایہٕ ہُند عمیق لول وکھنان تہٕ بےٚ لاگ ایماندٲری سان تِتھ آے کانچھان یہ روزہٕ وُنی چھُ۔

یہٕ سورُے وُچھِتھ میأنی تم یار شاعر

غم خار شاعر

یہٕ زٕن آسہ پہٕ کیٛاگو

ژہٕ کشیر آسکھ

کشیر ہُندس دأیمی لوٚس پنُنہٕ زندگی کھوٚتہٕ زیادٕ اہمیتھ دِنی چھِ شاعر ہندِ ایماندار جذبچ عکاس۔ یتھ جذبہٕ چھُ یال کٔرتھ سنیاسی ہنٛزِ غرٛس تمیہٕ تہٕ ہشیأری ہُند لہجہٕ دِوان نیٛلہٕ سہٕ وَنان چھُ زِ لوٚس تہٕ ایماندٲریہ گوٚژھ نہٕ پھاس گژھن۔ ح

مَن سرس چھُ کوٚٹھش لوٚگمُت بدن چھُ نارٕ گلی ژاپان

تمہٕ تادپے لرلر وِگلان ہنا کھوژِو......

سینا آسہٕ سنٛز شاعری ہنٛز خاصیتھ چھِیہ اِشأریتھ تہٕ اِختصار نیٛلہٕ زٕن سوم ناتھ وِیر مأثر حالاتن شاعرانہٕ ندرت سان پیٚنُن ردِ عمل پیش کران چھُ نیٛلہٕ ییمہٕ سمسارکہٕ

کُنہِ لایق نہ روزنُک ذِکر کران چھُ۔ وَنان چھُ زِ "دیان انسانہٕ سُند چھی جِن ڈیٖٹھِتھ" خلافِ عقل تشدُد چھُ نہٕ شاعرس منظور تیٚتھ زیٖنہٕ دٕن تَس شرٕ ہتھے پیٚیم ہزٕ اسٕ۔

ہری ییٚیتھ گژھ سیلاب ہیا کرناب ہا
ریش بالک بالن کلہٕ چھادن تی پتہٕ گو

پریم ناتھ شادؔ چھُ حالات خراب گژھنس مُتعلق سیٚٹھاہ حساس طبیعت تھاوان۔ ییٚژ روٗنس چھِنہٕ تہٕ کرِتھ نہٕ ییتھ بیہان حالانکہٕ تنتھ چھُ نفیس شاعرانہٕ زبانی تہٕ محاورس مُنزِ وُدِت کران ؎

ژٕ رے نہٕ بزم ما گوٚو مے میانی پاٹھی پرزناوی تھکھ مایم کم اسی

حالاتھ بدلنہٕ سیٚتی کیاسنا صورتھ آسہٕ شاعرہ سُندِ اوند پکھیچ یار برادری ہُنز تہٕ لکن ہُنز وتہ تلیمز یہٕ سوٗنچ سوٗنچ چھُ جواہر لال سرورؔ ویسار ژٕن گژھان تہٕ اکہِ بدل انداز وٕلنس لول برَان۔ سُہ چھُ پوشہٕ نولُس لولہٕ ڈاٹی ہینتھ کشیٖر سوزان امہِ سیٚتی چھُ تسُنز زندگی ہُند سُہ کڑوٗٹھ تضاد وتہ لان یُس تسُنزِ ژُنی کٔنیچ حقیقتھ بنیومُت چھُ۔

گرٕ شدٲدتھ یرٕ وٕتھی تھاوِتھ اسی آئتی روزِنہٕ کور
متی ارمان از دِمنا دِتھ اسی آئتی روزِ نہٕ کور

پیارے ہتاشؔ نس کلامس مُنز چھِیہٕ پوٚت کل تہٕ موٗل پراٹھ نہٕ ییٚنگ۔ المیہ ٹاکارٕ زندگی مُنزیٚہ خوبصورتھ اوس سُہ راونُک دود چھُ شاعری تیلان ؎

نہٕ چھُ واو ڈلان نہٕ چھُ سوٗنتہٕ پھلے کینہ آرن مُنز مامِز جنگل
سہٕ بالو نیب نشانے رود کیتہ ژھارو تھور ٹھکانے رود

تیٚمہٕ راوٕل چھُ پوختہ ذہنی تہٕ پوختہ زبان شاعر. تس منٛز چھُ فکرُک عنصر برجستہ تہٕ تہٕ ژھرے جذباتیت. یٚس رِوایتی لفاظی زِنٛہ دِوان چھیٚ، چھیٚتہٕ راوٕلس اَرکران. اَمہِ سُنٛد شار چھُ سیٚٹھا بالیغ نظری ہُنٛد مظہر آسان۔

مودِم وُتیٚش شوقہٕ سرٕ تُل مہ طلاطُم
زالان اکی تیٚمبرٕ ستیٚن یارِ وَن ہوا

شاعر چھُنہٕ اوٚتش ہاران حالانکہِ نوٚ قسمُک احساس چھُس سیٚٹھاہ. رتن لال جوہرسٕنٛز نظم "وُتیٚش" تہٕ "نوٚو پاتھر" چھیٚ شاعرسٕنٛدِ زبانی پیٹھ اقتدارچہٕ بہترین مِثالہٕ۔ "وُتیٚش" منٛز چھُ مِتھ تہٕ حقیقتس درمیان تناو۔ اکھ بیٚیہٕ خوٗصوٗصیت چھےٚ وٕنلان تہٕ "نوٚو پاتھر" چھُ کاشرِ ہِنٛدِس نفسیاتس تہٕ کرمس تجربہٕ کران ۔

پانے لیٚتھ کھوٗن لبہٕ پیٹھ کیٚتام
پانے ہنٛگوٗن
پانہٕ ییٚژھان اوس رٕودٕ کھفانس
وۄہٕ ژٕ سیلابس منٛز ہیٚنہٕ آو
دٕ ژر یکہ دٕدوَن پنجر باسیوس
نکھ سبزارس دیٚژودن نار

آخرس چھُ اِرشادلون سُنٛد ژاکھ یتھ منٛز راوَن نیٚرمٕل تہٕ رٕودادِ غم چھُ یُس کاشرِ تیٚک اِشارٕ اوس۔

اماہ تیٚتھ ژٕزار چے ژٕریس وارِ کیٚاگوٚو
ودان کوہ ننگہٕ وارٕ تیٚتھ پیٚیر وارِ کیٚا گوٚو

یَتھ سوٚمبرنَس مَنٛز چھِیہٕ ژٕرےٚ لیلایہٕ[ع۱] تہٕ شامِل۔ سنتوٗش چھُ شاکت مسلک چَھن فلسفی
نزاکتن رِوایتی بھگتی ہُندِس پیرایس مَنٛز وٕژھنان تہٕ شاکت پیٚٹھ ہارِ پٔربت چہ
ماجہ شارکابہٕ کُن سون توجہ پھِران۔ سوٚدیشی ہُنٛز لیلا یا نظم چھیہٕ رُوحانی تخیلُچ جان
مِثال حالانکہٕ تتھ چھِ بیٚیہٕ غنایتھ برتھ شوٗد لیلایہٕ ہُنٛد سنگیت بڈراوُنٕچ کافی گنجایش۔

ع۱

یَتھ سوٚمبرنَس مَنٛز چھِیہٕ اے۔ این۔ دَر سٕنٛز لیلا تہٕ شامِل۔ دَر چھُ پیٚنٛنس کلامس
مَنٛز دَیہٕ لولس تہٕ بگوت بجرس وکھنان۔ اَتھٕ ہٕنٛزن لیلاین مَنٛز اِنکساری تہٕ وابستگی ہُنٛد
شوٗد جذبہٕ۔

(اِدارٕ)

# کمۂ پٹنز

پی۔ این۔ پُشپ

کنہٕ پٹنن گومُت آلو للہٕ ہٕنٛد آلو ہٲپھ چھُنا
شہو چھے نعلہٕ نعلہٕ رَو زانان
وٕوٚنمت اوسُن نا
مو زان ہیٚنٛد نہٕ مُسلمان
پٔرنہٕ مُت اوسُن نا
واکھ ژھٹان از باکھ
کنہٕ پٹنن آلو ہٲپھ چھُنا — یہ کیٛا!
کنہٕ پٹنن گومُت آلو نٔنٛدہٕ سُنٛد ہٲپھ چھُنا
وکھ شارن ژہمی اُنی کھلہٕ
پٔرژہمُت اوس سنا
"اَکس مائس ماجے ہہٕنٛد ہن
یمن دے تھاوتھ کیٛاہے
مُسلمانن کیاو ہیٚنٛدن
کر بنٛدن توشہٕ خُداے"

ژٔنٛرِ اَز دَم پھُٹٕر وائے بہٕ کیٚا
کیٚنہٕ ہیٚتھ آلو ہٲپہٕ چھُنا



ہُتھ گِرداب ہیٚتھ کنٛی چاہ
شاہ بِھیٛر کرٕ ہو چھا جاگاہ
دۄد زَن پۄٚزٕ یک پۄٚر دٔزِن
بھیٚچہٕ لد تامتھ کرِ ووشوا
رِتہٕ ہِراژن چھُس گٕرٕکھ لِجھ
آزٲدی کۄرمُت چھُس پٕراہ
پھلہٕ پھلہٕ کھۄن ناکھل ہانو
مۄکلن دانس گٔری ژھےٚ داہ
تالہِ یمُن ژٕہل آکہِ دِیتکھ
مُحصُم حوسن او ساراہ
زۄ دِیُن پٔنہِ پۄٚز ہرتہٕ باپتھ
زۄ لرزاہ کیٚا گاہ بیگاہ
واژیٚل گۄژھ پہٕ ژٕکٕٹ ژانٕن
وُڈُون نتہٕ کُس کرِ ٹھاکھاہ



## وکاپہٕ

پی۔ این۔ پُشپ

زٲوِج کسرا وٲنٛج ہیہہ گومُت
أنٛدرِ أنٛدرِ وِہہ ہیٚو تیٚلیومُت
آدنہٕ باجہٕ وۆجوٗدُک کٔن چھُے کھوکھریومُت
راہ ژٕ لدکھ گٔس پان پٔنٕن چھُے ویابیومُت
بٔتٕنی مسٕ سٔنی مسٕ پھیشادِتھ چھُکھ وولِنٛومُت
جٲرس پیٚٹھ چھُے آمُت زوٗ چھُے چھٔنڈریومُت، شِنٛگنومُت
کَل چھُے کٔڈہِش ژھلہٕ گٔرِ ژدٕ یٚیرِلو ثرمرٲوِتھ
چھتہٕ کِتھ کوٗرِکھ اَبٕرِس میٚپٕرِس تمبلاوِتھ
نِتھ ہِتھ اَزتامتھ رٔودِ زٲگِتھ بٔرٲدِتھ
پیتہٕ وٕے تھووِکھ وہمہٕ کھوتہٕ نٕن اَنٛدر سٲوِتھ
لسنُک بسنُک سُم سوٗتھ نیو ہوٗے ٲہرٲوِتھ
چھرا الأٰنٛدِس تھوٚوِکھ تھپہٕ تھپہٕ کرنٲوِتھ ثرودِ ثرٲوِتھ
حبسہٕ وِہسرٲوِتھ تھوسہٕ پھیپہٕ لو وولہٕ ہے نالا

ذہنٕس پیٚنٕس پانٕے کرنوٚوتھ کُلفا
پانٕے لتھ لاٰیتھ اَرمانس سوٚنٛچھتھ کیٛا ؟
پیٚنہٕ نٕے چھےٚ تقصیر زمانس چھُہ ما خطا
مٕتی آبس کیٛاہ کرِہ وَسہِ نا ڈوٗ دتھ ہنیہِ نا
اٰرڈر پٕرزنتھ گرٕدہ نا زُھوکِنہِ چھےٚ ما فِکرا گرِتھا
بابا !

# پھولہِ نۆوسوشتھا

جی۔ این۔ پُشپ

کٕنٛژھ کوٗشش کٕنٛژھ کوٗشش آخر کٕنٛژھ کوٗشش
زِتنیا ٹھوٚپٕر مائژھ آوِتھ
ریٛدٕ کھاںٹِس مٔنٛز ماجہِ زٔمیٖنے
یوٚسہٕ پوٚہ گٕژھ کارس مدِ واٚلِتھ
ووٚنٛدٕ شِٹھنیارس زٕنیہٕ ننگلاٚ اوِتھ
زِتنیا ٹھوٚپٕر مائژھ آوِتھ
انہِ گوٚٹ انہِ گوٚٹ منٛدہٕنین انہِ گوٚٹ
گاشہِ لیباہ ماگاشٕر روٗزِتھ
گٕژھ زدٕ آستہِ تہٕ زِلوٗس سٔمیٖس
نِکٕنِکی ژٔری دِتھ
ہنٛہِ ہنٛہِ گاشہِ انہِ منٛہ ناوِتھ
گاشہِ زِژاہ ماگاشٕر روٗزِتھ ....
ڈدوٗن ڈدوٗن پدٕ پدٕ ڈدوٗن

سوٚنتہٕ ژٕرا ماسن موٚمنیٚمژ

نیٚتہٕ سوٚتھ نیٚتہٕ سوٚتھ ییٚس ژٕرٕ نہو کٕنی

تِی کرٕنٛج گُل توتہٕ گٕنیمژ

پوٚت وٕنِد ژٕھٕٹھ ییٚس وٕتٕرٕنی بییمژ

سوٚنتہٕ ژٕرٕٹا ماسن موٚمنیٚمژ

ڈٕدوَن انہٕ گوٚٹ کٕٹھ کوٚش ژٕرشوَے

وِہٕر بسمسارٕکی

ژٕرشوَے موکل ووٕلہٕ ہٕرشِن ہٕنٛدی

تہٕ ڈٕرژٕ ہٕنٛدی سوٚکھ دوٚکھ ولوٗہارکی

یَس ٹنگی ییل انہٕنی شُے مُجراہ

دیوٕہ ادٕ نوِ سپر زیوٚنوٚو سمیا

پھولہٕ نوٚو سوٚنتھا۔

ووسہ ییہ

لُسنا

لبسنا

اُسنا

○

ارجن دیو مجبورؔ

## نار تہٕ شہجار

ناپہٕ شدرا وُچھم
بس الاوے الاو
نار چھ اڈرن
وُچھہٕ ژٕ میانٮ۪س رٕ حس
نارٕ کنگ ہیٚوٗ دزان
اَرٕ نٹنی ہیم منس
ہے! وُچھم کُس سنا؟

نٮ۪ز منقل وُچھس منز
تہٕ اَنٛدری سُسر
ناپہٕ کنڑاین اندر
نارٕ دز میانِ تن
نار اَنٛدی پٔکھی دزان

تیہمبر بدنس دوہ تھان
ڈز پھلے بیلہ مٹے ہیئوچھ
کھوکھجہ کڑی کڑی پکّن

ہچھٹڑ وتن نار کنڈی
آسمان نار گوّو
ہیئوت گٹزن وزملو
دیہی لمبکھو گے دوہ تھان
شبنمس سوُر گوّد
سوُری گے کینتی انہاری رنگ

کینتی سوہ ملکی شہر
کینتی سوہ شدر محل
کینتی منظر حسیں
کینتی مُحلی جہاں
سمیہ کایابہ منثر

خاک داماں سپیر
نارٕ سبزٕ گۓ وَنے کِتھی رٕتھ بوستان

کُھژ وُنِل تِزٕ ووزٕ
عالم یہِ سورُے ڈٔولُن
نار پاں ژادرن
نار آلین دِتنیکُھ
دُنِہ ہیچ کاشہ نہٕ کُل کاشہ تہٕ وید
ہیٚچ نہٕ ژھوِرتھ یہ نار
ہے! امی نارٕ تہندِ پکٕے بُنتھ سِیاہ
پوز یہِ ژیتھ مِیثون
شپنِل ہوا پھاٗنپلان
یہٕ ژیتھ اوس کانچھاں تژھ زندگی

اوس کیشٕژھا موٗدُر
زہر چھیوکہٕ نووتی

ادس بی جانٕ فتی یکھ قلم زول دوٗد
خط پیتر لوٗر سیمیکی آسی کیٚنہہ
یِم کھنتھ از نہٕ احسا سیچے دوجہٕ بیٹھ
نارٕ ژھٹھ گژھ نہٕ واتتہٕ تمن نام زانہہ
یُمنہ زِ دم روزِ تاییم دمس نام
بیٚلہٕ نیبر نوٗن آدماہ
ترادِ خط میلہٕ ہُنٛد
نارٕ کھاول ژہین ترایہٕ شستر
نہٕ سگ ترادِ وستر ونس
دٕدی مٔنن، ژٕری مٔنن لایہٕ آلو ژوپاری
ژانگی گاشس اندر یُمتھ ہُٹن پرزِنتھ
خابہٕ ہٕنزی ووٹھ گڈِتھ سپنہٕ بیدار
یٕز پرزنتھ پرادِ تھر
یُمتھ زِ نارس پھوٚلن گل نہٕ گلزار نوی
بوٗنہٕ شہجار مُشکادِ گُل عالمس

# غزل

ارجن دیو مجبورؔ

ژشوب میاٲنی چھکھ بہٕ اشتہار چون
پھلے چھہٕ ناو ہشر یہ لولہٕ نار چون

براہٕ چھی وۄہنتی نہٕ حال بے بہا
قرار راوٕ راں میے چھم امار چون

ہُرِہ نظر کرکھ نہٕ شوقہٕ ڈل پھولن
کمن اندر ونم کرے شمار چون

ترٕ چھُ ازٕ گلن گلن چھُ آو لُن
وۄتھر چھپے گُنُے مگر بہار چون

کنھن ژٕ پانہٕ سن ونن ژٕ ٹھاس ٹھر
کتھاہ ژٕ براٲنی چھکھ بہٕ اعتبار چون

حِساب تھاو ووٚدنۍ چھوکَن نَہ کَر شُمار
ژٕ لول لازوال پہٕ تاجُدار چھون

رَتس چھُہ رَتھ رلان ہتَس چھُہ کَتھ کُنی
ژٕ حُسن بے پَناہ پہٕ راز دار چھون



## گاش پھولیا زانہہ

موتی لال ساقی

پۄد زَن ژٕراوٕو پۄد ما سآدز
بَر ژٕراوٕو ژَنڈھ ما سآ وٕسہٕ
أچھ زَن ژُلہٕ ہوٚ وٕسی ما سآپٕین
بازٕری یکہٕ ہوٚ بم ما سآ پھٹہٕ
بَر دِتھ بٕبہٕ ہوٚ ہوٚٹ ماچیٖرَن
أچھ کورِتھ نِن زنگہٕ ٹُکراوَن
ہُتھ نَہناوَن نِر پھُٹراوَن
اِتِرٕ گھَشَش تَل تِہِٕ بیچہٕ کرٕ نَم
گِرٕ ژٕرُوٗتھ نا؟ دٕنہٕ ژھُکہٕ
موٗتہٕ وارٕثٕ لیکھان آسی
مخُبرِ اوس گِنڈُس ٹِکہٕ تارٕس
گۆڑی گِرٕ مور تہٕ مٕڈٕ کُس ہیٚیہٕ یکھ
دوٚر زَن کٕرٕ ہوٚ کیتِس کالَس
زٕرٕ زٕرٕ زٕرٕ ہوٚ کیٚنتِس کالَس

مہرِ کُکس رتہٕ بوچھ تینزے ہٕژ
زٕلچھوٚ سٹٕرپُے با لیخ گآمژ
لَل دٕیدِ شِشں کُل آگرٕ ہوٚ چھیمٕژ
شیخ العالمؒ ژٕرارٕ تہٕ یَتھ زٕول
بڈشاہ صآبس رُح ژٕ ہیریومُت
قُدٕرِ گو جوآرِسٕ) ٹُپٹھرکھ گرٕدَن
وٕتھہ وآئِس بُتھہ سنٛخ بگرٕ یوُمت
باگل پورِچ دَگ ہَنہٕ ہَنہٕ چھُم
میپرٹھہ بے لوٗدٕ مَس نا دارِس
ثرنہٕ گٹہٕ کارس رنہٕ چھیپہٕ دِشُتٕہس
غازا بچہ مشنر رنہٕ ہُرک گوٚرہٕ تس
اَنہٕ گُٹی کوتاہ کاڑٕ چھُہ کوٚڈمُت
گاش ہیوٗ لباز اتھٕ تہٕ چھُہ دے زانان

# غزل

موتی لال ساؔقی

نیتھہٕ نۄن اَتھہٕ چھۄن دڑاس بہٕ کوٗت گژھہٕ
بڑنزِ بڑثرِ چھُم تلواس بہٕ کوٗت گژھہٕ

لَل تہٕ چھِہ تتی نُندہٕ بَب تتی لہ دِتھہ
کانٛہہ چھُپنہٕ کرِنس پاس بہٕ کوٗت گژھہٕ

ہیٚنگہٕ پھبوت چھُس آویز ہتہٕ کوٗت گژھہٕ
ووٚہ یرَن ہُنٛد لنہٕ داس بہٕ کوٗت گژھہٕ

تُلہٕ مُل پیٚرپت اُتتی رٔیشہٕ مالِیُن
پدِ پدِ بیٚتہٕ گٲہ کاس بہٕ کوٗت گژھہٕ

دِتھٕ بَل ناپہٕ پتہٕ ڈٕل کھوٗٹھہٕ گوٚمُت
نہ چھُہ کُنہِ ہیٚنگہ نہ چھُہ نیاس پہ کوٚت گژھہ

گٕر والیو ڈٕکہٕ دٕرٕہ مُشراوِو
وٚون چھُنہٕ ہیٚمہٕ ونواس پہ کوٚت گژھہ



# غزل

موتی لال ساقی

رٕتہٕ ہٕرِ گٔیہٕ سوٕہٕ بُتراتھ بہٕ کِتھ کٔنی لیکھ غزل
کوٚہ ہیٚم ہٕیِہ سوٚنیچ راتھ بہٕ کِتھ کٔنی لیکھ غزل

نہٕ چھُ در گُنہٕ نہٕ چھُ دیوار ژوٚ پاسے زانٛٹس رٕوو
بیٚٹھ ترٕنس رٕوزا باتھ بہٕ کِتھ کٔنی لیکھ غزل

گٔن کٔرلشیان اُچھ ترسان پٔنُن کانٛہہ بُتھ ہیٚبہٕ نا
بیٚبلہٕ چیٚشمن لگہٕ وُہراتھ بہٕ کِتھ کٔنی لیکھ غزل

سوٚکھ آنگُن زان شُمشان مُژِھلی گرِ قبرِستان
ییٚلہ آسن ▮ یِتھی حالاتھ بہٕ کِتھ کٔنی لیکھ غزل

مےٚ چھُ اَلِس پھۄرمٕت نار تہٕ گٕمژ نیٚبہٕ تہٕ نیٚنٛدٕر
چھوکہٕ دَاوی گٕمتٕ حَدٕ باتھ یہٕ کیٛتھ گٔژھ لیکھٕنہٕ غزل

نہ چھُ بۄڈ دوہ نہ چھےٚ خانٛدٕر زٕرٕ کاسےٚ نہ چھےٚ شٕراوٕش
نہ چھُ وِلۄگےٚ نہ چھےٚ ستراتھ یہٕ کیٛتھ گٔژھ لیکھٕنہٕ غزل



# لیلا

غلام رسول سنتوش

نیٖتن ہندی ماج رتن دیپ زالے
یژہ یژہ آلے زوٗنے جان
وردان زگتس پربت بالے
یژہ یژہ آلے زوٗنے جان

واوس گرزن ڈلہ وٕنہ ڈالے
یارٕ دی نٹھ لولہ لولہ ناوان
زگتس تہٕ وقتس چانی مالے
یژہ یژہ آلے زوٗنے جان

شیشیاہ ہیٚرتھ موکھ اون کھالے
ناد بینٛد ہیٚرکھ چھکھ وٕنہ وان
شبیہ ثریہ گنزرتھ چھکھ تریہ تالے
یژہ یژہ آلے زوٗنے جان

وَسہ پٕنی رٕوزٕکھ کھسہ پٕنہٕ بالے
ہیمہ ہینہٕ گسہٕ پرگتہٕ میپزان
عہلپہ پٕنی دپدن للہ پٕنی لالے
بٔژھِ بٔژھِ آلے زٔوتے جان

سہروانہٕ اَمرِیتہٕ بٔرِیم پیالے!
پَر وٕنی بٔکھتین زیوادان!
ریتہٕ پٕنی زالا شگھتی نالے
بٔژھِ بٔژھِ آلے زٔوتے جان

ژلہ پٕنی گرِ گیا ہرِ نہٕ ژھالے
دیوی گرِ وید وِدیا گیان
دوہہ یہٕ گُن گاوِ یہٕ واپہٕ یمالے
بٔژھِ بٔژھِ آلے زٔوتے جان

آمی شگھتی کوٹھدِ یہٕ کڑالے
ژکہٕ وُز زالا دَزٕ وُن دان
ستہٕ بوگ تھالس ستہٕ ستہٕ سالے
بٔژھِ بٔژھِ آلے زٔوتے جان

زَے زَے کارِہی ژٕلیوٚکی پالے
اَمبا اوم پژاپہٕ اَپان
گٕژھنہِ اَژنہٕ ژھنہٕ کیٚاہ زیپہٕ مالے
بُڈِھ پَڈِھ آلے زُوتے جان

پَانس پُشہرِتھ پانہٕ سوالے
وٚوٚگٕمٕٹ رٕوٚدِپے وُہرِتھ وان
ہُمکِن کرِ سَنتوش سمالے
بُڈِھ پَڈِھ آلے زُوتے جان



# نظم

واسديو رتناڻي

ٿهاري وڏي ڪڙڪي ناد ڪوڙ که
بہ ڇڇ سرفہ زهرنتہ ڪيا ونہ هڪه
گوڏ نهنو ڏکه ٻيتہ ياد ڪوڙ که
تمہ لڙ هٿُڏ برنتہ بہ ڪيا ونہ هڪه

•

ڪٿي ناٿه ڏون سوي مسول ها
ڪهہ تا مٿه بدلي هٿول ڏوڏن
کهل کهوڙکه تتهي هلڪاي ڦلس
تتهي لوگ بازرتہ نہ ڪيا ونہ هڪه

•

ٻيٽيہ حق دارلو هيي هلم ڄمجاي
نمونم زڙ ٻٿرباٽس تور برن
الہ غائبہ ڍڙکه ڙهٺه شوڙڪوهيس
ڏول گرد سحرتہ بہ ڪيا ونہ هڪه

•

تیٚمبٕر بٕرادلو بالکل تیٚمبٕر بٕرادٕو
کم آرٕ ژھوٚکے تھکی جاناوار
گوٚ تماتوٚ تامتھ کُنہٕ ڈوٚپ ہم
تَرنارَس تَر نہٕ بہٕ کیٚاوَنہٕ ہکھ

•




چھیٚنہٕ پوشہٕ وَنن ہٕنٛزراژٕ رٲیٖشیاہ
چھیٚنہٕ رٕنہٕ سٲری ہیٚنہٕ ہاکار نہٕ بٔخ
یِمی پٕرژھ ہم دودیہٕ مَنٛزگس پُشرَن
دِوتا ہلو سَہر نہٕ. بہٕ کیٚاوَنہٕ ہکھ

•

گوٚڈٕ تُلہٕ تُلہٕ سۆمبرٕن تھپِرٕ بوٚرُن
پیٚتہٕ زوٚلُن پیٚتہٕ روٗدُس نہٕ رِوُن
یِمی آسہٕ کران زوو وِگنہٕ پوٚتُس
ڈوٚپ ہَم اتھٕ یَرتہٕ بہٕ کیٚاوَنہٕ ہکَھ

•

چھیٚنہٕ مُتی زَن کأسہٕ کرَن آہی۔
زَن گے گلی آنگن تاوٕ نہٕ ڈٔلی
زَن بوٚ مَلکَن نہٕ یہٕ مَسلہٕ چھُہ تیٚیا
کُنہٕ کانٛہہٕ دِلبر نہٕ بہٕ کیٚاوَنہٕ ہکھ

•

ریٚہہ کرِتہٕ کٔمِس کیا پاوِ ژٕنٛس
کیا روزِ پٔرُن کیا روزِ سپُرُن
گوڈٕ کٔمی ہیٚچھ ہہ فٕرٕ تتھٕ اوسکھ
ژھانڈُن باور نہٕ یہ کیا ونہٕ ہکھ



## غزل

واسدیو ریہہ

کھوچہٕ ما سوٚن کھاٲرِو، نا
کتھِ کتھ ما ژھاٲرِو، نا

سٕری پیٹھو گٔژھنُک اَپر چھُوا
کیٛنہہ سٕدرَس ووٚدھ ٹھاٲرِو، نا

پدٕ پدٕ ہیٚیہِ وا سام رتیا
گاش پٮ۪نس ما پژاٲرِو، نا

کیٛا کیٛا نُہوٗکھ کیٛاژِ پتہٕ کر
اتھ ما ماتے ژاٲرِو، نا

وڑنی پھر نا کاشہہ مشاگی وڑن
کپنہ تنہہ وبلس پڑاآرو، نا

سوڈ منہ دیہ وا نارکس ژھن
کپنہ تامتہ سنڈاآ رو ء نا

کٹہ کش بزی کڑ واکل نا
سُری وا رہتہہ کپنہ کاآرو، نا



# وژُن

شمبھوناتھ بٹ حلیمؔ

گُل ہرتھ پپیہ سوئنتہ گاٹ
باٹ کس وَنہ حالِ دل
اٹ ناشن کیتی گاٹ
باٹ کس وَنہ حالِ دل

راز ژھش اسی ڈیرِ واٹ
سیر واون گرِ سواٹ
پھیر ژھوژھ گیہ وُباٹ
باٹ کس وَنہ حالِ دل

ننگہ ناچو رنگہ ڈاٹ
ہنگہ منگہ گیہ زال ناٹ
پھانہ گرِ گرِ خانہ خاٹ
باٹ کس وَنہ حالِ دل

دارِ کِنی تٔر نارٕ ڈاۓی
کیپہٕ ورَو سیپہٕ زاۓی
پینہٕ نِیوے گٔرِد اَسی حلاۓی
باۓی کَس وَنہٕ حالِ دِل

دوٚد پٔرازَن کمہٕ چاۓی
آیرآ دِکھ زہر پیاۓی
معصومَن گییہِ پھاۓنسی ناۓی
باۓی کَس وَنہٕ حالِ دِل

ماۓج ووٚنی ثٔراۓ دِکھہٕ نہٕ خاۓی
پٔراۓنی ہکھ اہرِ بنہٕ ڈاۓی
کھُشیچہٕ رتہ کھُوت باںہاۓی
یاۓی کَس وَنہٕ حالِ دِل

دَرد نیبرِ اٚنی گیرِد ساۓی
ہَرد نازن بیرد زاۓی
ہم گبر گاۓکھ اَگاۓی
باۓی کَس وَنہٕ حالِ دِل

أُسی چِھ ءُ چھمتہِ رُلیشہِ مآئی
نُشہِ ببَن ژارہِ وآئی
لَلہِ ہپشدی أُسی خانہ مآئی
بآئی کَس وَنہ حالِ دِل

رُم رُم سآئی آشہِ وآئی
واتہِ اَسہِ پڑاگاش ڈآئی
ہاشِر بیپرَن سکالہ گآئی
بآئی کَس ونہ حالِ دِل



## غزل

شمبھوناتھ بٹ حلیم

چھلہِ چھلہِ گوُرُت پھولہ ڈُن گاش
منڈٕ ین گیٹہٕ ہا تیمٕز آش

سوٗ کھ ساوٕ ے اُسی دوٗہ کیتُھ راتھ
ہنگہ منگہ ؤُج گژہِ زارن راش

ڈوٗ ٹھن و بسرٲوی اڈٕ پھلی ٹوٗری
پھوٗلنۍ باغس گوٗ اُشناش

وٕ تھہِ ہیٚنڈی نیٚتھٕ ننی کیٚٹھ گُش مٲری
وٕ نہِ بیٚنٹھ ڈولان ہٕتہٕ خش لاش

مَسولہِ گاہٕز زٕ ٹھ مَنس
ہیٚٹھ دٕ رمی ماگُنہِ پُرخاش

لِتہٕ بو گٕر کِنہٕ پھسرامے
آرٕی کشو ہٕیشر سینس ٹٕراش

غزلہِ نزاکتھ نیٖنگلِتھ گےٚ
وکھنے کیٚنھ رٕود فقط وہناش

شارس برِ ہے لول حلیٖم
مارس بٕڑوٗ شہہ کِنہِ کڈِ کیٚٹا واش



## اگر پگہُک وٗنے

مکھن لال کنول

تا پہٕ ٹیوٗک

لیپہٕ ژاو

لبہٕ پیٹھ پان وٗہروٗن

کنٛڈس مثیائنس اندر

ائہٕ گٹس لوٗگ دام

گاشن واش کوٗر کیشرن گرہن

بس تیتھے گوٗشور ۔ اور

پٔرتھ اَسی وایان کنستر

ٹیٖپنا، خٲلی ڈرم تہٕ ڈول

قبرٕ پیٹھ شمشان نام

شہرٕ پیٹھ پٔرتھ گام تام

رود مانے للہٕ ہٕنٛدٕ بن واکھن

شُرکھین نُندہ ریشی سنٛدٕ بن

ژٕہ مے آوازن ہٕنٛدس قہرس اَندر

تیٚشر گیہ دمبٲدی کٲنی پوٚر

کِن الریوو اتھ منڈورِ ہے
زہرِ گیہِ وَس تالوَس
ڈُسی پہو
ہونرہ سأری پدرن تَل ڈیر گیہِ
تورکہ چھانس تون پہو زخمَن
زأنی پنجرن کمبرِ ییلہِ گےٚ
ڈیر سپدُکھ دارِ تَل
شُرہِ یَدبو نہہ نووُمت کَسب
بٔرتھ ووسپ گو وَدنہٕ بُزی
کٔراپھ درشن دارِ گو
آنگنس مَشر باکھ ژھٹ بُجرن
شُربوٕ ژرِ لوّپ کوٗرُس ٹاوَس تُلکھ
نوجوانوَ جِنہٕ نژُن کوٗرہَس
وہ پرِ دَستار دِتھ ........
سوشِنج پردارُگ
مُشگِتھ أنی شگُنَس
جولہِ مَشر نیپرِتھ بچھان
ژوٗ زاتھ پٔرتھ گَنہِ وأنسہِ ہٕشر.......

وونۍ اگر پھکھ ونے

نٹھ نٹھ کری

پھوٗر ژنگھ پنُنو اَتھو

رَژھ نہٕ ما مانکھ

ژٕ ہیٚکوٗر تھ چیٚشمہٕ پانَس

اوٗن بنیوکھ

پژار وونۍ

پژار بیٚلہٕ کاٚہہ دَر دِلا کرِ نیٚتہ دان

ناہ چانے تھاوِ رٔژھرتھ صاف جوٗری

اَدہ چھُ مُمکِن پان پژرناوکھ وُچھتھ ----

یژانٛد کنہٕ ٹھاسکھ پننٕ کلہٕ ہیر

وٕدی وٕدی دُما مَنگکھ

وونۍ بخشُتم پابہٕ بڈٕ

مآفی دِتَم

میٚیانہٕ غلطی ہُند سزا

رُزی گژھی نہٕ ہورتٕ

بٔژونٹھ گُن

○

# غزل

مکھن لال کنول

رخ چھُ بدلان بڑثنزہن اَندر ارساتھ
حبس اگر ننَ تھوکھ نہٕ راوی زاتھ

یسُ وُسے توٗر نہٕ کٕدلہٕ ٹھوٗتھ پڑوٹُن
یسُ وُسے چھُم دٕپان ہیٚے لوٗب درجاتھ

چیٚشمہٕ مُنزٕ ہیتھ نہٕ نُہرٕ کوٗرتھ عالَم
ووٗنٕہ بووٗتھ نہٕ مَس کٔرتھ حالاتھ

نظر کش ہیو کوٗرٕتھ نہٕ دوٚہ ووٚ شلیو
شانہٕ زُلفن کوٗرتھ ڈُنٹھ مُنزٕ راتھ

ہیٚنے نہٕ اگر توگنہٕ سہرٕ یہٕ موٚچھ مُورن
زٕرٕ نہٕ نہٕ سا بندرٕ ڈٕکہٕ دِتیتھ خاراتھ

نۄہہ گٔٹس مَثنر سہ نٔل پتالَس ووت
شپنہ گاشَش ژ کوہ تھٔنگِس پیٹھ وات

ناوٕ بَدلی گٔرٕ مستہ توٚگے بوزُن
جامہٕ بدلی گَنٕڑٕ چھہ مُشکِل باتھ

ازتہٕ کنولَس چَھہ دَگ تہٕتھے پآٹھِن
ازتہٕ زخمَن تِمِس لگان وُہراتھ



# غزل

مکھن لال کنول

گژھتھ بے خانہٕ وَن باگوٚت گژھُن چھُے
مُسافِر پانہٕ وَن باگوٚت گژھُن چھُے

زٕ بے پرزنتھ یارٕ راوے مارٕ سپُد کھ
تُنگے مستانہٕ وَن باگوٚت گژھُن چھُے

خبر کٔمی سٕنز نظرٕ لٔج پوشہٕ ژُورٕ بٕن
ہٕرتھ پیٚیہٕ پانہٕ وَن باگوٚت گژھُن چھُے

زمانٕس نارٕ بیب آوارٕ شمع
دزان پروانہٕ وَن باگوٚت گژھُن چھُے

سمَن بل شورٕ بٕزی کوٚر چال بازَو
بنہٕ و شمشانہٕ وَن باگوٚت گژھُن چھُے

رَبابس تارٕ ژٕچہِ مِضرابہٕ گولیو
نٹو ہیٚنوت تانہٕ وَن باکوّت گژھُن چھُے

زَہر جامَن اُبرِتھ ٹھوو جوٗہد والیو
پٹکِھ میخانہٕ وَن باکوّت گژھُن چھُے

اُمشتِھ ما مہرٕبن گو عُشقہٕ آنگُن
ودان ہرآنہٕ وَن باکوّت گژھُن چھُے

ژھینان کنوّس چھِٹے وٲلِنج دوسدآرٕی
ہیٚتومُت اَسمانہٕ وَن باکوّت گژھُن چھُے



## بارٕ دود

چمن لال چمن

بہٕ چھُس کوٚہنہٕ بیمار
اَمِس چھُ گوڈٕے یلاج غلطٕے گوٚمُت
اَمِس اَنِد نہٕ دوا پھلیو ستی کھٕنِچ
رَگن مَنٛز چھُس زہر سمیٛوٚمُت
ذٕہنُک سرِیہٕ ژھاپھِ وَولمُت
شیٚچ کھسہٕ وَس موٚتیٚچ پارَے
اَچھن ہٕنٛدی شمع تہٕ پٔنٕنین پٔرزناوان
اَتھن نار
گَتھن قٔہر زٕلوان
وراثھ نہٕ وٕیز
پَتھ کال نہٕ یاد
نظران نہٕ سرٕیہہ
وَفہک شہُل دود مُت
خلوٗصُک تاپھ شِٹھیوٚمُت

پینٛہٕ نہٕ کرائمٕز مَشش
رٕٹیشن ناوَس دِژن لَتھ
یَژرِ چھہٕ ناژگ ٹریش ژھٕپُوس
دِوتاہَن ہٕنٛز آہی کِنٕن کَترٕہن
بہٕ دود چھُہ بارٕ دود
اَمِس اَنٛدِ نہٕ دَوا پھلپو سینٛز کیٚنٛہہ
بہٕ چھُس بآنہٕ بآنہٕ وُچھن
اَنٛگ اَنٛگ سوٕرشاوُن
امرِتہٕ سینٛز چھَلُن
اُمِس چھُہ اَپریشن لازمی
تہٕ اَپریشن کرَن والین گژھن
خُدا صابٕنی اَتھہ لاگِتھ آسنی

○

# مانٛج

موہن لال آتش

موج میأنی کیاز چھکھ میانین غمن مشرگیہر از
میانہِ باپتھ لأنی لبکھت او سِتم تھووُت عذاب
کٔرتھ وجوٗدس گوٚنہ سینس چھم گمتی پرگأی موج
میانہِ باپتھ آسمانن تام کٔرمُت دارِ بٔنٛد



ویرناگ آبہ جوے تٔے اہربلہ کے آبشار
لولہ باغ پوشہِ مہرٔنی گیہ شُرتھِ بتر ازخاب
زم ۂرپچ کٔرکھ ژٔہ پاسہ نارہ موکل دزاو ہو
دارِ بَر گیہ بٔنٛدتہٕ سینس مٔشر گوٚنڈم نارن الاو



ہے دوٗدس ہا تیلہ ناگ ترٛیشہ داماہ اکھ دِیو
کاشہ چھنا بوزان سینگتاس اندر آواز میأنی

اَکھ نہ سأ چھنہٕ کانٛہہ اَچھ تمہٕ قول تے بیقرار گٔے
باآجٔ وَکھ ملہٕ ژار بیٚیہٕ آنہٕ زاَنیاٚنگ وٚدِ وجوٗد
گوٚ ختم سوٗرٕے تہٕ وچھ پانٛتراَلہٕ ہیوٗرنارگ الاو



مِیاَنی دِہہٕ چھے یوٚدژٕرے چھےٚ کانٛہہ ژوٚن خاباجولہٕ منٛز
پاسہٕ لااسہ گنڈ منٛزٕ اَکھ دلہٕ بنیم دادین دوا
ناریہٕ کھلین منٛز ژوٚ پامے گییہٕ دزاان لولکی وٚوجوٗد
رٕوٗدِ راتھا گرٕتھ کرٕنی اکھ شہلنھا بیٚیہٕ ہے دِلس



# میٖنزان

موہن لال آش

بہٕ ہیتھ شہرس اندر روزان
بسان چھُہٕ میٲنہِ رٔوس اَتہِ کانٛہہ
اَسان گاہے وَدان گاہے
گہے چھُس دارِ بَر ژنٛڈو پران
نبٕ ستٕگا چھُس پکان سڑکن
گہے چھُس تارکَن منٛز چھِپان



کُنیٖر میٖونے عٔجیٖبا تھا
بہِ بدلان وِہہ تہٕ ہادان رنٛگ
گہے وِگنَین ہُنٛدُے وَنہٕ وُن
گہے پٔرٕیَن ہُنٛدُے سوزا
دِوان چھُس وٕنی بہٕ طرفاتَن
شُنی شُنی بَس گَژھان ۂوۂو



یہٕ ماچھُس جودگارن زوٗز نیوٗمُت
رٕکھن مَنٛز بَنٛد کٔرٕتھٕنرس پیٹھ اول ییران
کڈان ووکھ ہش یہٕ خالِس مَنٛز
نہٕ مُژران دآر چھُس یامتھ
وُچھان چھُس مرگُنٛدارس پیٹھ
کٔرٕتھٕنرَن ہُنٛد یانٛہٕ جٕیشنا ہیٚو



گُنٕے زٔون مَنٛز سیٚنٛگستانٕس
بُتنا پیٚنہٕ نی الآئدِس مَنٛز
نہٕ چھُم کانٛہہ یاد ووہنی باقٕے
نہٕ چھُم کانٛہہ بڑو ٹھٕ پٔنٛج گَل
یہٕ چھُس گوٗنَس اَنٛدر گُٹن زٔون
شروٗکیوٗمُت فُل سِٹا پکُ داغ ہیوٗپیوٗمُت



# بہٕ چھُس حال پنُن

پرتھوی ناتھ کول سائل

أسی کرٕ نوٚو پیٚیٹھ رٕوٗدی سوٚہ مبراوان
رٕٹھراوان داپہٕ تہٕ موٚلہٕ ناوان
گٔیہِ پھلہِ پھلہِ سوٚے سأنی مال
یہِ چھُہ حال پنُن، یہِ چھُہ حال پنُن

أسی شاپہٕ ٹھدی، أسی مأری مٔنڈی
أسی موٚہ ختنے تام، أسی پوشہِ گٔنڈی
گوٚ اَلِف قَدس اَسہِ دال
یہِ چھُہ حال پنُن، یہِ چھُہ حال پنُن ۔

روٗد شرٕوٗر تہٕ شوٗد میرانہٕ پنُن
ٹھپکہٕ وُن ڈیرٕ لوٗن شُشبُل ئٔمرٕ ڈھیٖل
رٔنش وأر سینہٕ پامال
یہِ چھُہ حال پنُن یہِ چھُہ حال پنُن

یَژھ پَژھ ستھ سوربیہٕ وَنھ گیہٕ کاتی
زَن آمی یَن ژھینی رِشتے یژآتی
رِنیہٕ وقتَن کتہٕ کوٚت ژھال
یہٕ چھُہ حال یُٛن یہٕ چھُہ حال پٔنُن

پوٚت کَل روٗز أندری اَسہٕ کوران
لوٗگ دوٗر رہِ گے ہَتہٕ ہَتہٕ دوٗران
کیٚا نیبرِ وُچھنہٕ بُلی مال
یہٕ چھُہ حال یُٛن یہٕ چھُہ حال پٔنُن

کِتھ سآئل جگرِ چآکی شوٚکھ
موٗنَن ٹکھ لوٗگ کتہٕ پھوٗ بکھ نوکھ
چھپوٚ کھ بلَنس لگہٕ یژکال
یہٕ چھُہ حال یُٛن یہٕ چھُہ حال پٔنُن

○

## ووشن سانین چھُ کوّت تاثیر گومُت

پرتھوی ناتھ کول سائل

اَماتھہ سپنہ کُنہ وچھس مَنزِ دِل نہ چھاوَن
پیادن سانہ نے چھا کاتھہ تھوان گن
بتھی یاتین چھِ اُچھ پھری پھری دوان وُٹی
مسیحا لاگہ کُس کَس سپر یاوَن
چھُ زَن تقدیر وَرکھیتھ نہاہہ گومُت
ووشن سانین پہِ کوّت تاثیر گومُت

چھُ کُس سپنہ سون زُگ زُگی دار لاگی
کمسِ پیٹھ پڑھ کرکھ وَن کُس پہ زاگی
چھُ کُس غَم خاریُس مُروَت کری سازے
دیُس داماپہ رٹھ دِلدار لاگی
چھُ زَن سرَیہہ تے موچھتھ آو سیٹھومُت
ووشن سانین پہ کوّت تاثیر گومُت

بہٕ چھُس بَس عرضہٕ اوٚن دُنیا ہناسَن
پرٛسَن پیٹہٕ نِس اَنٛدر موٚ زان کانٛہہ بٔن ا
لگکھ ژکرَن ژٕ تلہٕ وٲنٛی دانٛد پٔنٛدرِ پاٹھٕ
نِشی رٕوٕل پیِیی ماٲنٛہہ یاسہٕ تے دِین
چھُ زَن ووٚنٛی لولہٕ ولوٗ ہار کانٛہہ نیٚو مُت
ووٚشَن سانِین بہٕ کوٚت تٲثیر گوٚمُت



## ژٕ کشیٖر آسکھ

رگھناتھ کوٗسٹور

بہٕ نےٚ روزٕ کیٛاگو
گلِستان پھوٚلَن پوشہٕ چمنَن اَنٛدر
تہٕ شیٖہجار
دِیہٕ بوٗنہٕ لَنٛڈ پرٛاَنی پٲٹھی
نِشاطس اَنٛدر تِم پھُٹوار آسَن
کرَن سالِ ڈٕل یار
بیٛنیہٕ زوٗنہٕ راٲژن
گیوٗن لولہٕ تارَن
پھوٚلَن کیتی پمپوشہٕ ڈٕل تمبلاوَن
تہٕ لگہِ نمالہٕ بادام وارہٕن ژوٚپاسے
اَسن پٕریہٕ بالَن اَنٛدر
دوٗرِ ونوَن

وَنن ہُش سرُودا
مژھیل سوز یارن
پتہ سوشُک ہوا آسہ
ژُلِتھ وِلوُر آمُت
جگر کھاُنٹھ یارس

بَدن، تن، زُلف وارِ مُشکان روزہ بس
گیون بَاتھ قُمرِ، جل تہ کوستور باغن
ژُلن گرِیز دُبارَسے
"موہ جَنتھ، موہ جَنتھ"

ووُلر ہاوِ بینہ نے جہارا ژوہ پاسے
تہ بازار آسن ہُبرِتھ لولہ والیو
لگن بیٹہ تہِ محفلہ سوز و گُماز چہ
ہٹوہن آسہ شاہبرِ اِجلاس لوُگمت
بیتین آسہ تارن زبانن وُزہِ نی ہش
دلکُ لولہ ہٹوت میثون
سُے یار میثونُے

شہ بیٹہ لاگہ گُلدار تنہِ جامہ نأِلی
شہ بیٹہ چشمہ مخموُر کرِ سوُرمہ لاگِتھ

بہٕ سوٗرٕے وُچھن میٲنؠ تِم یار شاٲیر
غم خار شاٲیر
بہٕ زن آپہٕ پنہٕ کٲشیا گو
ژٕ کشمیر آسکھ
ژٕ کشمیرٕ آسکھ



# غزل

روگناتھ کوشنور

شیہلاوِ ہے یُس میثون بدن شیہجار وُچھن نا
پثرزناوِ ہے یُس میثون مَن سُے یار وُچھن نا

میے تہٕ دارِ بُرِی کوچِھن گلن اُچھ لجہِ درس از تام
یُس کاشہٕ نماہ رُوس بولہٕ ہے گُفتار وُچھن نا

میُے گوٚ یہٕ گوٚ میثوُئے بدن ژالان یہٕ کتیا گوٚ
کاشہٕ میانہٕ دادِ یُک کرِ دوا غم خار وُچھن نا

اَز تام رِتی میُے سُجدہٕ تس گٔژھہٕ آم پُتن پان
زانہٕ ہیٚتھ نہٕ میانی بیتِمی خبر سُے یار وُچھن نا

ہا میانہٕ جگرکہِ خوٗنہٕ ژِے للہٕ ناو پتن پان
یَس بتہ میے گوٗم پان سُے دِلدار وُچھن نا

بیہ چھُ میثون وچھ آشوا! ؤلو آرام کرِو سآ
بوٗد نیبرِ کاشہِ ارمان دِلَس وہستارِ وُچھن نا

کوٗستوٗر اوٚحفِ ناو روٗد کوٗستوٗر زہوٗن پیٛٹھ
گوٚآلہِ ژوٚس کرِتام سُئے بے چارِ وُچھن نا



# غزل

روگناتھ کوستُور

زیشُلُس نغمہ تہ میثوٹھ آلو یہ بوزِ وَنی گر زمانہ بَدلیو
اُمی غمن از کوٚرُس یہ پھلواہ چھُ کوٚت تَھر تھر زمانہ بدلیو

میے دانتھ تامتھ تہ آدی تامتھ وَوُنن سیٹھا چھم میے مارے چاٹی
یُتھے ثرژرا گو وَوُنن خبر کیٚا پھرن میٚے کُن تھر زمانہ بَدلیو

چھُ پانہ نیارس اَندر اَکس اکھ رتس نہ زاگان منوش منشش
میے جایہ کیٚتھ گوٚژھ شہُل الگ کُن یہ ثراوِ ہالہ زمانہ بَدلیو

دِلس چھُ پانس اَتھے یہ دُب دُب گرا گژھان ہُر گہے گژھان چھُ ناں
یہ مایہ ہوٚت دِل چھُ ثرایہ چانے وُچھان اگثر زمانہ بَدلیو

مے وُچھ پَتہ ساتھا نَہ کانٛہہ وُنِس تام گراٗ ژیٖہہ ییٚتھ یِہ پان شیٖہلِم
ہے دِلبرس پُٹھزھ یہ نیاز مٔے کٔنٛہ وُزنن ژٕ گوٚش کر زمانہ بدلیو

شہ ٹوٗنٹھ کو سنوٗر مے ڈییٚتھ مُدٕ آدی پکان غمگین نَہ کار بوٗن کُن
وُچھان عالَم دَپان یہ کیٛاگو ژُرنِس اَندر وَر زمانہ بدلیو



# گِتہٕ رَینٛز

بال کرشن سنیاسی

گٔنڈۍ دوٚپھن مَنٛزٕ یہِ زوٗنہٕ راتھ
زَن گیہِ وُڈٕسی
زٕنتہٕ کھسہٕ وُن سیرِ یہِ .
کَھسنہٕ بُرٕشہِ دَزان
زن نہٕ زانِہہ توٚملہٕ موٚٹھ دِژ یمہِ جوٚگس توٚوے
شاپہٕ گتہٕ رَینٛزٕ بنیِیس نہٕ مانٛگے کَرم
مشگنہٕ پأٹھی ہیٚش اَمکھ مہِ ژہِ کینٛہہ مُشگِتھ
تِم نہٕ گیہِ دِتھ دگاہ
میٚیون روٗدٕے نہٕ کینٛہہ
گو مہِ گرٕہنٛدٕ ژوٚہ وأیأرِ لکہٕ مُتی جُشِن
پھُٹِجہِ گٔنڈۍ گٔنڈۍ یہٕ تھوٚکھ نہٕ کتہِ سوٚمبرِتھ
زأگۍ دی دی ژھنڈِم
سَتھ سمنٛدر مَنٛدِم
کاڑ شیٖہ گَھتی نہٕ سٕیکہِ مَنٛزٕ شُرل اَڈرن

کٔرٕنجلہِ سوٗرُم پٔتہٕ وَق راو راوُن ہیٛوٗتُم
رِسپھ بَدلاوِ کآنٛیاہ شہ ژٕکہِ سَرِچھ ذاتھ
کٔرٕنجلہِ پآنٛس صداگوٚو میٛٹرِ کھتی شبَر
یٔدی مےٚ ثدآوِم ہیتھ نارٕ بٔرٕبہہ نٔژٕتہِ لٔج
بٔنگہِ شرٛوٕنی میٛآنی روٗہ نہٕ گوڈ
تہٕ میٛوٗنے نٔژُن
آرٕ کوٗنڈلس اَندر ناگہ رادَن ژٕژھری
آرٕ کوٗنڈلس اَندر گنڈھ مےٚ گَرِ مَس ، وٗوٗنُن
نَژٕھ نژُن چوٗن پوٗشن تہٕ روٗشن مہٕ زانٛہہ
بُنٛھ مےٚ سَمہِ ہے . تہٕ وینہٕ ہَس بہ کیٛا چھُم خطا
سَرِچھ شہرٕس اَندر گَیہِ مےٚ گلہِ زٕلو وٗوٗدُم
اوٚس مےٚ ہیہہِ ہے تہٕ کٔرِ ہے مےٚ رٕیہہ نالہٕ موٗت
بٔسُن نبراکارٕ شے یوٗد مےٚ ویوٗد آسہِ ہے
ہاوٕیٚس باوٕہَس نال سَرِچھو دٔوٗلُم
زَن چھٕ آستھ نہٕ آسُن تٕشند رووُت
زن نہٕ آسان شہ سَرِوٕسو ، سَرِوٕشٕہُل
زن نہٕ بوزان نہٕ زانان نہٕ ڈیٛشان لٕہنی
"زن تہٕ بُتراتھ تَمی سُشٕنر پھِلے . نوٗرٕچی"

ہاہ بژاآری اکران گتھ منے مُرژھا پھیرم
ژےٚ ووٚن پکرہکھ میے اَتھ رُوٹ
ژےٚ ڈٕرِ چھُے سمَے
یٚس ووٚن گتھ چھیس کرَان
تٚس تہِ مَن چھُنہٕ پَژران

آلوَے رٕنیٕہ میے چھچنہٕ سامرتھ ژنیٕہ اَنیٚنہ
ناپہٕ کُملاوتھس نافہٕ ملرٔ ملی مُوژُم
شاپہٕ گتہٕ رٔنتی بٔنے یٚس تہٕ ماگٔے گٕرم
یُس زگتھ شولہٕ وُن مآری موٚنڈ مایہٕ ہوٚت
سُے زگتھ پیوٚم پیٚٹھی شپنہٕ مانیو وُجِبس

○

# غزل

بال کرشن سنیاسی

ناگہٕ جوٗ بہٕ چھُہ زہر تیلان ہنا کھوٗژِو
زاگہٕ روٗ بہٕ چھُہ قہر کھیلان ہنا کھوٗژِو

گُل چھُہ مۄران پۄژی کنہٕ سِری بہٕ کھسہٕ وُن
وَسہٕ وٕنی وُڈٕر کران ایلان ہنا کھوٗژِو

کَنہٕ کَنہٕ مہٕ کرٕیوٗم مہٕ ماریوٗم مےٚ وۄنموٗ پوٗز
راز مۄتہٕ ووتہٕ چھُس شہر گیلان ہنا کھوٗژِو

شیٖنہٕ آنگن چھہِ وُہان رات کیٚتھ مہٕ نیرِو
ژُرٕ ژُرٕ چھہِ سحر شیٖہلان ہنا کھوٗژِو

مَن سَرِس چھُ کوٚ ٹھِش لوٚ گمت بَدَن چھُم ناہِ گُلی ژاپان
آمہٕ تاوے لہرِ لہرِ دیگلان ہنا کھوٚژِ و

ژوٚر ژُری چھِ پھِران چھِ بر مَنشہٕ ین
گامہٕ شہر چھُ ڈاکہ پہرِ میلان ہنا کھوٚژِ و



## غزل

بال کرشن سنیاسی

اچھُر اچھُر دگ للناوان لولہٕ فسانس دودُے. دود
سمیا گوٚ آچھُر وشرٕھناوان لولہٕ فسانس دودُے. دود

ہنہٕ ہنہٕ دنہٕ یتھ نتہٕ کنتھ باوان لرِ لوٚر ساواں چھُم گٹ راتھ
ننہٕ تن لاگیتھ چھُم برمراوان منہٕ مستانس دودُے دود

پارٕ دی تھر تھر چھُم وُزناوان نیپہٕ نیپہٕ کرُون تارگھ ہیوٚ
نیہٕ گرنہٕ اکہِ اکہِ دشہٕ مُزراوان مُتی مستانس دودُے دود

چھُپنہٕ زانہٕ سرِ یس برمُزراوان دار لوٚکنہِ رمے ہاوان چھُس
ٹبلہٕ ٹلی ٹارِ چھُ نظراہ ثراوان زوٗنہٕ چھُہ پانس دودُے دود

چھِنہٕ مُلہٕ تلہ وُزمل بیٚلہٕ ژراوان ژٕریٹہٕ تےٚ منٛنز کرناوان چھُم
آوِ جبہٕ زاآوِ جبہٕ رزٕ الراوان عشقہٕ پیٚچاں تس دوپے دو د

گرد چھ کنہٕ پھٕلی ڈوٗل پیٹھ ژراوان اندرم باوان چھُنہٕ سنی پٲسی
نیتھ نوٗن منہٕ کامنہٕ بنہٕ کھاران رٕوہٕ نہٕ دلمانس دوٗے دود



# ٹُکھ

سوٗمناتھ وِیر

مےٚ اٚنیر شاپہٕ ہیٚنٛز چھیٚنہٕ وار بابا
گمٲنٛدٕ اِظہار تصُرف دار بابا
دِیان اِنسانہٕ بُتھ چھِ جِن ڈیٚشھایک
یہِ کتھ لایق چھِ وونی سمسار بابا

○

مےٚ شہرُک بٲژ گرٲوِن گام روٗدُم
سوٗ پٔژھی یوٗزاگُرن دم دام روٗدُم
پیٚرٛژھن گٲرن میٚوٗکھُم فرحت گیٚیم نٲب
فراغت، فرحت وآرام روٗدُم

○

ونی چھےٚ کتھ ژٕ وَن بیٚیہٕ زھایہٕ تھاوکھ
پنٕنی یَر تیتھ کتھ بیٚیہٕ ٹھ راوٕ راوکھ
ووٚنٛدس آسی نہٕ مٕل سوٗہ چھےٚ ژٕندس اَژھ
چنٛدس سمسار چھےٚ بیٚیہٕ کاتٕسہٕ ہاوکھ

○

ژھۄوان یٚلہٕ عقلہٕ ہُنٛد زانہہ ترۄونگ مہارا

تُلان پٕھٹر لۄنگ "وٕنی وٕنی" ڈۄونگ مہارا

بُتھِن ہُنٛد رنٛگ کتھن مانے چھُہ بدلان

وُتھِن کارٕہن دوا بس ٹۄنگ مہارا



# غزل

سۄمناتھ ویر

دۄہ اکہِ ووٚنمے ننتہٕ ماناوَن تِ پَتہٕ گو
نٔتن نوٚکہِ کٔرتھ پکہٕ ناوَن تی پَتہٕ گو

ٹٔرِ پیٹھٕ گٔڑھِ سہلاب ہنا کٔر تاب ہنا
رٔیشی بالک بالَن کلہٕ چھاوَن تی پَتہٕ گو

بأیِس راوی بوے تہٕ یارَس جانٔنِ یار
پیٹہٕ نین نِش پٔنٹی ژٕھَن دِیاوَن تی پَتہٕ گو

کھوٚہ کھوٚرے پٔربت ڈکہ تھاوِتھ ووٚن کیٚا پرواے
توٚہ پھوٚل ہیٚو پٔتہٕ کوہ کھہو کاوَن تِ پَتہٕ گو

ہٕرکنہِ مرنس مأتس نکھہِ دِتھ راوِیکھ وأنس
پدٕ پدٕ سۄمن ڈٔوہاوَن تی پَتہٕ گو

ناگن کھن دِتہ زاگن گاڑن لاگن روچھ
باغن پِشِر لنگ لشجہ وہلاون قی پِتہ گو

ہزپچہ کڑی کڑی پیر وڈونڑ وبتھہ پِڑ ثراوُن
باپیرس وپرس منڈ چھاون قی پِتہ گو



# لیلا

اے۔ این۔ دٔر

زوٗن گٔھر آکاش ووٚلہٕ سان پائے
پیٛزرک ژپرکاش اَنبو گوم
رٕس ہتہٕ ہتہٕ کھیٛیوٚرٕ ژم اَنٛد تامے
کرٛشنہٕ بگوان ہیے سنمو کھ گوم

اَنگرٕبیہ تہٕ ژنٛد بٕرتھ آم بائے
رٕنٛد مستانے پاپہٕ ٹوٚٹھیو م
ژھالہٕ مارٕنے ژٕرتھ گُنہٕ تھائے
کرٛشنہٕ بگوان ہیے سنمو کھ گوم

آنٛدٕ قنٛدٕ ناوٚ تسی شوٗ بائے
دِیانس منٛزٕ میے شہ پرٕگٹھ گوم
حبہ بو آسے بنتھ دِلوائے
کرٛشنہٕ بگوان ہیے سنمو کھ گوم

دۄد چوم گلہٕ گلہٕ زن گۄرۍ وانے
گۄپی نا نٔژن لول وۄدپڈیوم
بگوان جنبیس گوٚرٕم پٔژ نامے
کٔرشنہٕ بگوان ہے سنمو کھ گوم

پھیران اوسُس بہٕ واپہٕ وانے
جانہٕ جانانے کوٚت سنا گوم
ژۄورِ اوس نِشہٕ مے تٔشبلاوانے
کٔرشنہٕ بگوان ہے سنمو کھ گوم

سوزا بوزان اَنٔدری کنہٕ وانے
اَنتھ وَنان انا ہَت شبد سوٚ ہَم
کنہٕ آو کور گوٚوِ چھپہٕ سمجانے
کٔرشنہٕ بگوان ہے سنمو کھ گوم

پٔرانہٕ زنگہٕ پوٚنی پھوٚلہٕ نس آمے
منہٕ مَنٔزدیہٕ ناو گٔھنتھ گوم
تَرٔتے لوٚگ وۄنی اَمرٕ دِیا تے
کٔرشنہٕ بگوان ہے سنمو کھ گوم

○

# غزل

پریم ناتھ شاد

نادٕکھ مالَن پُھٹی وُسوآسی
یییٚتہٕ آبہٕ بٕری بٕری شبنُم کھآسی

ژتے نہٕ بٕرم ماگوّے میٲتی یاٹھ
پٕرزناوی تھگھ مایم گَم آسی

کٲٹھِس ماکھوت کانٛہہ تیرِ دوش
گَس لٔج ہتھ گرہٕ کَس لٔج کھپآسی

ہُتھی پھُشِر گوٚمت وُہر آژر رُود !
وتہٕ گتھ کوّت گژھ وُتھ گٕبہِ رآسی

پیٚتھ کالُک پے ژھانڈنہٕ ڈراس
کوّت کوّت ووتُس موّت وٕلوآد

ستہٕ پوٚر بنگلا رَتہٕ رنٛگہٕ نوو
کٲمی نام صُبہٕ شام کوٚر ڈٕبہٕ ڈٲسی

شادٕ تٕس کٲمی کر دِل رَنٛزنوو
کٲمی زاثہٕ کرمِنٛز کُھرٕ تَس کٲسی



## پوشہ نۄلو وَن ژۄن

جواہر لال سرورؔ

میٲنہِ آنگن ڈرٛاکھ ما ہا پوشہ نۄلو وَن ژۄن
زۄنہِ ڈبہِ پیٹھی کنہِ نژان ماتتہِ ژٕرٕے وُچھتھ گٔتۍ جہِ کیٚتھہ
آنگنس مَنٛز ٹٕنگہ گُلس ما اوس پھوٚلمُت پوش کانٛہہ
بَرِنہِ اَژوُن چھا سوٚ دَچھ راٹھ بڑگمژ
جانٛور چھا اَز ٹُلان چرگیشِ تتّین
کالہ چین چھا ہارِ سارے ٹرٛاری کٲتی پیٹھ سمان
سانہِ پتّی کنہِ سون کانٛہہ ہمسایہِ ما ژٕرٕے نظرِ گوٚے
کٲنسہِ ما پرژھ نَے ژٕرٕے میٲنی شیٚچھ خبَر
اَز تہِ چھا مَنٛز آنگنس مَنٛز شامنس ساری سمان
کھاسی ٹھلہ نے چھا گِنڈان مۍ نارِ مَنٛز
سادِ ماۍ بَس نِشہِ کرِان ہنٛڈار چھا وُنہِ پٕرانی پاٹھی
اَز تہِ چھا اَتھ کاڈ ہے مَنٛز شوقہِ ییتھ لولو گیوان

یارٕبل چھا وُنہٕ تہٕ تہھی اَڈٕ گرٕد تہٕ مڈ گرٕد پڑانی پاٹھی
شٕشٕر کالس چھا پھٹان وُنہٕ آبہٕ نٹی
ہاکہٕ وارِن چھا بوہٕ کتی ہیئو ہاکھ روزان وٕنٛدرٕ ونٛدس
کنھٕ گٕنشِش مٕنٛز چھا کھسان کانٛہہ گاڈٕ وولا گام سون
گرٕیشمہٕ زٔنٛجہٕ مٕنٛز بوہٕ شیہجارس بہان چھا ہاے میانی
ڈوٗنی پوٗرِتھ چھا تہِتھے کٕنی بیہہٕ کھوان پٕرگوٗلی کانٛہہ
زٕبرٕوٕنی کوٗل چھا گرزان راتس دوٗہس
وہرِ شیہجارس گٕنٛڈِتھ دودٕ گاو چھا شیہجار سے
آرٕبل کُن چھا گرٕژھان گبہٕ راٗژھ دودٕ دِش تیہرٕ بتھ
ہٕنکہٕ دَجہٕ نے مٕنٛز گلٕلن مازٕ کھوژُن یوان
بوہٕ کھوڈٕ ناگس تہِتھے کٕنی ژٕرٕیش آسان چھا ہٕنٛدر
سانی اَنٛدٕ پٕکھی گام چھا ازوارٕ پاٹھی
ژارٕٹہٕ ہاٗلن مٕنٛز ہران چھا ژارٕٹہٕ شُری
ژرار چھا بٕرٕسوارِ شبہٕ سے لُکھ گرٕژھان
ژوٗنگ چھا زالان کانٛہہ دیوی بلس
دوٗد گگا ازٕ تہٕ چھا پٕژی کٕنی ترٕژھے
اٗری لبہٕ کٕنی چھا پکان کانٛہہ شاہہٕ پٕتی
وَن ژہٕ وَن ہا پوٗشہٕ نولو کٕینہٕ ترٕ وَن
زانٛہہ ژٕ ہرگاہ گام میٗنوٗنے بیہہٕ گرٕژھکھ
میانی آہی ڈالہٕ نیٛہہٕ تتہٕ چھین وتن

## غزل

جواہر لال سرورؔ

گرٕ ژرٲوِتھ بَرٕوٕتھ نٔژاوِتھ اٚسی آمٕتی روزنہٕ کور
اُمتی ارمان اَز دَفناوِتھ اٚسی آمٕتی روزنہٕ کور

سیکہٕ سحراو اوٚند پوک سوٚرے کنہٕ بالَن ژٕنہٕ ژٔتال
سم پوشہٕ چمَن مَنساوِتھ اٚسی آمٕتی روزنہٕ کور

وِرٕ وارَن ووہ شلَن کھوتمت سبزارَن سوہ مٔلی رنگ
گٔرٕز آرٕ بلَن ہٕشند ژرٲوِتھ اٚسی آمٕتی روزنہٕ کور

شپنہٕ بالَن روہ پیٚہ ہر رنگہٕ ہے کرتامتھ اُجھ ہام
تتہٕ نالہٕ چہٕ گٔنڈی اَز چھپاوِتھ اٚسی آمٕتی روزنہٕ کور

وہ پیٚہ تتہٕ تُس زدٕ اَز گامتی بدٕ وٕژھنٕ زول مالا
ووٚہ ژٕدٕ بیٚنہٕ نُے ہیکہٕ گس باوِتھ اٚسی آمٕتی روزنہٕ کور

# غزل

پیارے ہتاش

مے چھُ باسان بایو گرِ جنگل
گر گرِ چھُم باسان لرِ جنگل

صحراوی وتن بس نارُوہان
صحراون ون کنہِ درِ جنگل

نہ چھُ واوڈلان نہ چھ سونتہٕ پھلے
کنہِ آرن مشرِ ما مرِ جنگل

سینکہِ شاٹھ فقط چھم دٕرِ پیٹھ گزُھان
اُمہ شہرِ ما اُندری برِ جنگل

نظلہِ نظلہِ چھم نظرن بڑائتی گزُھان
کینتھ بالہِ تھونگیو پیٹھ ترِ جنگل

دُے بوزیا واوٕ گَرزَن ہٕنٛدٕ ہیٚے
بے وایہٕ شٮ۪ہ شٟی گَرِ جنٛگل

وُچھہ گرٛشیمہٕ زٕشحن ہٕنٛزٕ بٕسیہٕ وٕنٛدٕ ریہہ
نارَس وَن دِیہِ کیٛاز جنٛگل !



# غزل

پیارے ہتاش

اسہ بالو نیب نِشانے رۄو
کتہٕ ژھارو ٹھور ٹھِکانے رۄو

تھلہٕ تھلہٕ ییتھ اوسُس وانہٕ وُچھان
تُسے آنگُن کوچہٕ مکانے رۄو

کس کھارو تمہٕ گیہٕ کارُک راہ
دم چھٹی گےٚ وتھی بہانے رۄو

ژانگس گنتھ دی دی زاجیو وپان
پتہٕ گیہٕ زٕ دل گوٚو پرانے رۄو

کَریِیہِ پھیرِ تھ بٔییہِ ووٚنِد وُشتیر
وُسبرِ اُتھن ہُشند یارانَے رو و

سوٗ مبرِ تھ بس اٰس اکھ پَرتیپھا
وٗوتھ بانس ٹھانہٕ خزانَے رو و

اٰژہرِ گیرِ ژرآوِتھ نیتھ نوٗن ڈرا و
دَے زنان گُمہٕ اتمانَے رو و

یُس یُس ژینان اوس پگھہک راز
تُہے دَرویش مۆت منانَے رو و



# غزل

پیارے ہتاش

نظر نظر وہاں سئیکہ شاٹھ
طرف طرف زوداں سئیکہ شاٹھ

قتل غارت گری یہ کیاسا پتُن !
عدل اِنصاف ڈوان سئیکہ شاٹھ

یہ کُس رووتے ہٕہ کُس مورکھ
زوہ پارٕی کفنہ سُوان سئیکہ شاٹھ

مندورن گلف وٕہی بسکین نابُود
کُس کُمس ستی زوان سئیکہ شاٹھ

چھ بستی سئور چھومت وچھ ہتاش
دنر پرہن ووان سئیکہ شاٹھ

○

## غزل

تیسج راول

ژوؤدکس وأئشہ بوؔد جوآئنی مَشنر
آب چھُس زؤ مبے چھُم روآئنی مَشنر

میثون گیرتام وَکھ سیتّودے آسے
میثون بیرِہے ثرِ زِثِدِ گآئنی مَشنر

یوُت اَفسانوی سماع گوؔڈ مَے
ڈیوُشٹھ تھا کاشہ بَزر کھآئنی مَشنر

تِم عقیل وشکیل ژلی پَتھ وَن
چن چھِ وَنہ وال رازدآئنی مَشنر

دِژ میے کھوٚٹ تٔمۍ نہٕ کھوٚٹ وٚونہٕم
ٹھوٚیزِ ہیے یَس ژٕ پاسہٕ دآٚتی مَنٛتر

اَتھ شَرٛس چھُے وۄہ بال تَے غَم نُور
شانٛت روز کہٕ ژٕ روز جآٚنی مَنٛتر



## غزل

تیج راؔول

صحراو بیٚنیہ کوٚلہٕ راد تےٚ یِم پوشہٕ وَن ہوا
سأری نِشانہٕ نظرٕ ڈلَن زَن گژھن ہوا

گوٚلابہٕ تن وُچھنک ژٕرے طمع بَن ژشبنما
خوٚشبویہ پان یوٚد ژٕرے وٚلُن چھےٚ نہٕ بَن ہوا

یِم مٔتی خیال لولہٕ وژن قلمہٕ چھِم وُزان
وُچھ دِکھ ہیے پرِستان چھُم کھاران زَن ہوا

پھیران دِشاین چھُہ وُچھان ژٕکر وِہوٚ نہٕ وِہِر
وُچھ تارکن چھُہ سأل کران موٚت یہِ مَن ہوا

موٚدِم وِہش شوقہٕ سَرِس تُل مہٕ طلاطم
زالان اکی تہمبرِ سیتھن یارِ وَن ہوا

تیپہ ژیشن تمن آسی ونان سمیہ سادک آسی
ومبرن اکی آسپنہ رۆزتھ کھین نہ چین ہوا

کتہ رۆز سو ہی مال تے شیرین تہ زُلیخا
ییتھ وقتہ پھِرس مَنز گمتی کم کم بدن ہوا

موول ژٕنِن پان یمن شاہنہ رأیِلن
یس نیبر گلی لشجو تہ نژان شوقہ بن ہوا



# غزل

تیج راول

وُچھارِ ہے دیشہِ وتنِ کانْہہ سوار ما رُوڈے
ژٕ شُمہِ سازنَے گردِ غُبار ما رُوڈے

اَپارِ بٕٹھِ چھ میتے لُرجایے بٔبیہِ ژٕ سوہ پٕہ شُند پرَنگ
بے وایہِ پٕچھ بہِ کٔدلِ نیٖو پتہٕ تار ما رُوڈے

نِمن رٔشن یہِ کیٖنژھہ ہا اوس تِی بہ کتہِ ہاوَے
بسان اَسی چھِ لرِبن مَنزٕ پتہٕ ار ما رُوڈے

پھُرکُن چھُ رٕوڈِ ژرٹن ہٕشد وو بال دٔری یاوَن
اَزاکی یارِ بلَن زانْہہ قرار ما رُوڈے

شکاری پچر ژٹھ وچھ وپھیلیہ جانا وار
ہوا چھ لوٹ تہ پکھن پیٹھ شہ بار مارووڈے

وَنیوُمے قرنہ پھِرس مَشر بنگھہ ژ بختا وار
وُبائی سپر کتھن اعتبار مارووڈے

میے ژھاپہ تھوِنہ دوِیُم پوشہ ناو پوشن آے
گولابہ پوشہ تھرِین پیٹھ بہار مارووڈے



# وُتھش

رتن لال جوہر

میے اوس پَے
ژٕ یکھِ نہٕ زانٛہہ
مگر
بہٕ اوسُس تونہٕ پرٛاران
وُچھان تِمَن وَتَن
یِمو کِنی
تُھتھِس نوٗر ژھوٚتھ
ژٕ یوان اوسکھ
گرٛھان اوسکھ
بہٕ اوسُس ترٛیشہِ ہوٚت
ژھرٹہٕ ژھرٹہٕ کران سرٛاوٕنے منٛز
ژٕے اوسُتھ دام گوٚنڈمُت ویرناگس

مےٚ وۄدتھ ترٟ تاوِ مَنٛز
مُسلٕس تہٕ کمٲڈُن

ژٕ اوسکھ بونہٕ باغس ڈایِھ ژراوِتھ
تۄ پیٹہٕ اوسُم مےٚ تسلا

ژٕ آسکھ تشنگی، مَنٛز
خیالس میانٛے بیدار راتس
مگر بوزُم ژٕ چھکھ مَس نیٚندرِ اَندر
کران موٚنہٕ میٹھی سوٚپن
پان مُشرتھ



# نۆو پاٹھ

رتن لال جوہر

پاۓ لیٹھ کھٕن لبہٕ پیٹھ کیتاہ تام
پاۓ نہٕ نوٚون
پاہٕ یئرِ ھان اوس رٕود طُفانس
وونی سہلابس منٛز ہینہٕ آو
دٕوریک ڈٕوَن نیبر باسیوس
نکھ سبٕزارس دِیُٹھ ُن نار۔
وونی چھُ ــــــــــ
بَدلے مسنٛز پاتھر ہیتھ ڈرامُت
ڈُلجہٕ ژٕنڈا دِتھ ٹکھ سوٚمبران
جٔشنہٕ چھُ جاری
سورٕے ووستادن ہٹی گرڈَم
اَتھ جشنس منٛز اسنک ٹھاکھ

وایِن، گاین والین موٕکھ ژٕرتہٕ

مرثی، ماتم داری گرٕ گرٕ

قبرِستانن ؤہرٕنہٕ آس

شمشانن چھپٕہ رٹہٕ ووٕنی ژھوٚنے

ماگن منز نوٚی نوٚی بُتھٕ رٲوس

پیشوازن تل بُتھی چھکھ غآب

بدلے نشُنا

وشُنا کیا ہتام

رزٕ گرٕ، ہاٹھ

نتہٕ

بڈِ ژرِ لوٚپ



# اوٗم

جی۔ ایل۔ شدّیشی

اوٗ ہے چھُ بِندو　　اوم سَمسار
اوٗ ہیے لیلا یہِ　　جے جے کار
اوٗ ہے چھُ پُرش دیہ　　سانہِ ناوِتار
اوٗ ہیے لیلا یہِ　　جے جے کار

اوٗ ہے چھُ بوٗ　　اوٗم بُوا
اوٗ ہے چھُ گیان　　اوٗم شوا
اوٗ ہے تپا　　اوٗ ہے جبنا
اوٗ ہے سکھا　　اوٗ ہے مہا
اوٗ ہے چھُ ویدانتن ہُنٛد سار
اوٗم چے لیلا یہِ جے جے کار

اوّم چھہ زوتان    ژنُدرَم ہیُو
اوّم چھہ پرزلان    سِریہ یِس ہیُو
اوّم چھہ شکہت    اوّم چھہ شِو
اوّ ہے بہکتی    اوّم آدِ دِو
اوّم دِوان ثرہن بوٗنن تار
اوّ ہچے لیلا یہ جے جے کار

اوّ ہے چھہ کرشن    اوّم چھہ رام
اوّ ہے چھہ صُبح    اوّم چھہ شام
اوّ ہے برہما    اوّم وِشن
اوّم آکار اوّم نِراکار
اوّ ہچے لیلا یہ جے جے کار

○

## ژاکھ

اِرشاد لوٗن

کٲشِرۍ آسۍ اَتھۍ اَچھِ دار کیٛاگو
رِوادٲری تہٕ تَتھ پَژِھ ہِژار کیٛاگو
اَما تتھ ژٕژاچ بۄرُس وارِ کیٛاگو
ودان کوٗنگہٕ وٲر تتھ پیٛہ وارِ کیٛاگو



# چاگٕنۍ دٕژے

موتی لال مصروف

وُنہِ میے گَل چھم ناگہٕ بلچی
وُنہِ میے ہاوس چھُم گگرٕھن
وُپھ تُلتھ گگرٕچھ ہا دِگوم
پھیپر ہا تنتہِ کَین ڈٕلن
تَن پنٕنی زٕمبی آرٕ سے مَنٛز ناوٕ ہا
کیٛا وَنے بیتہِ چھُم میٚے رُم رُم اَزٕ دزان
کیٛاہ ونے کوتاہ ونے کیٛا کیٛا ونے
پھیپر ہاتھ لامٕنے راتس دوہس
ٹراوٕ ہا کٔر بوزنہِ گہٕلس زٕونہٕ گاشس چاگٕنۍ دٕژے
میاٚنۍ یاون مٔژی ژٕ کر کھا اَز یقین
چھُم میے باسان پان پٔرزٕھیون ژٕے ورٲے
شٕپنہٕ مَہرٕنٛنی چھکھ تٕمہٕ شٕپنٕن بازٕرٕ ژٕ

چانہِ ناوِکی بُت بناوان چھُس بہٕ صحراوس اَنٛدر
میٚنٛون اَنٛد پوٚک ژھوٚر چھُہ باسان ژرٕے ورآے

یاد چھم تِم زٕ دٕہ پھوان ییٚلہِ ژوٗرِ ژھیٚپہِ سمکھان آسی
ژریلہِ کٕجہِ تَل بوزناوان اُدس کوٚستوٗر نغمہِ چانٛی
میانہِ آنگن کنِہ چھکھا زانہہ کانٛہ تیران شامنس
میانہِ بابتھ ما اَمبرٕ شوٗب مٔتی ژرٕے آسان چھی چَنٛدس
ہارِ ژرِ تتہِ چھا بہان دَم دارِ پیٹھ
بٕرانٛدِ کنہِ پیٹھ زانہہ چھکھا بہوٗنا کران
کیٛاہ مےٚ گَدرٕیوٚمُت ژٕ کرکھا اَز یقین
چھُس گوٚمُت پھلوآۓ تتھ کرکھا بوَر

شاعر چھُ زیادے پہن حساس تہٕ اَڈیل آسان۔ کٲشِرِ پیٹھ
دڑامُت شاعر کمہٕ آیہٕ چھُ عصری حالاتن ستہٕ ستہٕ آفاقی رۆحجانن
پننہٕ ہِن شاعری پیکرن اندر ترٲوِنس منز کامیاب سپدمُت
تہٕ ترٲوِ نقادن پیٹھے البتہٕ گژھِ نہٕ یہ دِنُن ویوٚٹھ زٕ وادی
اندر یا وادی نیبر قریب قریب ساری شاعر چھِ اکھ مُشترکہ
دگ ملمہٕ دان ..........

ہرگاہ اسہٕ پننِ ادب دۆر دۆر تام واتناوُن چھُ تیلہٕ پزِ
اسہٕ عالمی سطحِچ تسلیم شدٕ رٲبطہٕ زبان انگریزی یس منز یہٕ ترجماونک
سلسلہ تیز کرُن۔ اتھ سلسلس منز ہیکن انگریزیس پیٹھ دسترس
تھاوَن والی کٲشری انفرادی طور یا کٔنہ مجموعی پلیٹ فارمہ ذریعہ
اتھ کامہِ وس تھٲوِتھ ..........